# کأشرِ لُکہٕ بأتھ



سومبرٕ ہِتۍ وول
موتی لال ساقی

جموں و کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لنگویجز
سرینگر

# گوڈہٕ کتھ

پۄرُس کوٗر اَسہِ یِیٚمہِ کتابہِ ہِندِ گوڈنیُک حصہ پیش نٕہ بُہِس
چھُ اَمیُک دوٚیُم حصہ ہیتھ آمٕتۍ - امہِ کتابہِ ہندِ گوڈنِکہِ حصُک یُس
حوصلہ افزا خٲرمقدم سپُد - تمہِ سِتۍ چھِ یہِ کتھ ظٲہِر سپزمژ زِ یہِ
کٲژاہ اہم کٲم اُس - یوٚدوے موجودہ حصہ الگ جلدہ کِس صورتس منز
ترتیب دِنہٕ آمُت چھُ، مگر پزر چھُ یہِ زِ معنوی تہٕ موضوعی لحاظ چھُنہٕ
یہِ گوڈنِکس حصس سِتۍ پرٛیتھ رنگہ ہم آہنگ تہٕ نالی نال - یِم دۄشوٕے
حصہ لرِ لوٚر پرنہٕ سِتۍ چھُ باسان زِ یمن منز چھِ اَکی طرزٕچ ہِندی یوش
ژارنہٕ آمٕتۍ - یہِ حصہ پیش کرنہٕ پتہٕ ہیکہِ یہِ دعوےٰ وارِیاہس حدس تام
پورہ سپدتھ زِ سانہِ گٔکہِ ادبچ اکثر معہ للہ لال تہٕ گوہر چھِ ودٕنۍ اورٕ یور ژھٲرتھ
سعہ نہ برنہٕ آمتۍ تہٕ محفوظ کرنہٕ آمتۍ - مگر اَسہِ چھُ تیوٚتاہ زیادہ لوک ادب
ورقس منز توٗرُمت زِ وُنہٕ تہٕ ہیکہِ اَمیُک بوڈ حصہ شیرازہ بندی ہِندِ محتاج
آسِتھ - اتھ سلسلس منز ہرگاہ کانٕہہ دوست نشان دِہی کرنُک تکلیف گوارا
کرِ اکادمی سپدِ تمسُنٕدِ پرٛٔژھ شُکر گذار -

۷ دسمبر ۱۹۶۶ء — محمد یوسف ٹینگ

کتابہ ہند ناو    کأشرِ لُکہٕ بأتھ (دوٚیُم حِصہ)

چھاپ خانہ    کوہ نور پریس لال کنواں دہلی

تیداد    پانژٕھ ہتھ

قیمت

چھاپ گژھنُک تأریخ    جنوری ۱۹۶۷ء

# پیش نامہ

تہذیبہ کہ آدن کالہ پیٹھہ از تام چھہ شاعری انسانس
دوہلساوان تہٕ مَنہ ناوان رُوزمٕژ۔ غمن تہٕ فِکرن، شادمانی تہٕ مصیبتن
منٛز چھہ شاعری انسانس دوہے سیتہٕ سیتہٕ رُوزمٕژ تہٕ اَمِس قوت، طاقت
مستی تہٕ سکون بخشان آمٕژ۔ وَننہٕ چھہ یِوان زِ گوڈٕ نِیتھی یِہ سہٕ کنہ
انسانن کرٕسہ کنہ اُس شاعری ہشدی جامہ ورلِتھ۔

تہذیبہ کِس گوڈٕنکالس منٛز اُس شاعری براہ راست پٲداوٲری
عملہٕ سیتہٕ وابستہ۔ اَمیُک بُنیادی مقصد اوس اکہ قبیلکی یا اکہ گامکو
ساری لُوکھ موٚہٹہ کرِتھ تھاوُنی۔ مصیبتس تہٕ مُشکلس منٛز قبیلس منٛز سَمہ
ژار پٲدٕ کرُن تہٕ کامہ ہِند بار لوٚت راوُن۔

مشاہدہ کرنہٕ سیتہٕ چھہ اَسہِ ننان زِ تمہٕ زمانس منٛز اُس
شاعری مختلف تہوارن تہٕ کامہ ہندین بیون بیون پہلوین سیتہٕ وابستہ

# فہرست

چھاپ کرنکہٕ ذٕرِی یِہ موٚہ یٚسر نہٕ آسنہٕ کِنۍ ہیوٚکِنہٕ بروٚنھہٕ کالہٕ کین شاعرن ہُند
کلام محفوظ سپدِتھ۔ عوامہٕ کِس اَتھٕ کس منٛز پینہٕ پیتہٕ گیہٕ اَتھٕ ہیٔت تہٕ
بَدلان تہٕ موضوع تہٕ مواد تہٕ۔ آخر ووت سُہ مقام ییتہٕ نَس اَمِچ اصل شکل
غاَب گیہٕ تہٕ اکھ نوٚو چیز اوٚس بیوٚ بازرس منٛز یِس زمانہ کیو وونہٕ روٗنلہٕ نیرِتھ عوامی
ذہنن نوٚو اندازہ ترتیب دِیتمُت اوس۔ سوٚ چھ کرال، اَرِنہٕ مال، کرم بلند
قادر پٹھرٕ، شاہ غفور، لسہ ناگامی تہٕ اَمہ قبیلکۍ بییہٕ وارِیاہ شاعر چھ تِم یِمن
ہُند کلام گۄڈٕ شاعری ہندس دأرِس منٛز شأمِل چھُ سپدمُت۔ لکہٕ باتن ہندہٕ
سرمایہٕ منٛزہٕ ہیکیا یمن شاعرن ہُند حصہ علاحدہٕ نیرِتھ کِنہٕ نہٕ تحقیق متعلق
وُنۍ کین کینہہ وَنُن چھُ قبل از وقت، مگر ہرگاہ کوٗشش کرنہٕ ییہٕ امہ شاعری
ہُند وارِیاہ حِصہ ہیکہٕ علاحدہٕ گٔژھتھ نیرِتھ۔ خار بہ بکہٕ بییہٕ اَصل
مقصدس کُن۔

زمانہٕ گوٚ ترقی کران تہٕ سہ وقت ووت ییلہٕ سماجس منٛز گوٚبرِ ماتہٕ
سند مقام مقرر سپد، مگر لکہٕ شاعری تخلیق سپدنک سلسلہ گوٚو نہٕ بند
عام لۄکن منٛز رُوز یہ صنف برابر بوٚتھان تہٕ بڑان۔ زمانک مزازہٕ بدلنس
سیٚتہٕ گے لکہ شاعری ہندی رنگ تہٕ بدلان تہٕ تبدیل سپدان۔ لۄکن ہنٛزہٕ
اجتماعی کوٚشش ہندی نمائندہ آسنہٕ کِنۍ رُودی لکہ باتھ سماجس سیٚتۍ سیٚتۍ
تہٕ اَمیک افادی پہلو رُود اندہٕ وَنہ نون۔

تمہِ ساتہٕ اُس ہنہٕ شاعری کامٕنسہٕ ہِنٛز انفرادی تخلیق آسان بلکہ اُسی ساریٖ سُمبھ
اَکھ زُو تہٕ زیتہٕ عطا کران ۔ لُوکن ہِنٛزِ مجموعی کوٗشِشہٕ سیٖتی بارسس آمٕژ
تہٕ تخلیق ییٖنہٕ ہیٛژِ اَتھ شاعری ہیٛو انسانی تہذیبکِس ترقی ہِندِس مَنٛزِ لَس
منٛز لگہٕ شاعری یا لگہٕ بأتھ ناد۔ چنانچہ ازتہٕ چھہٕ تمِن جاین یا قبیلن منٛز امہٕ شاعری ہُند کافی رواج ییمن
جاین یا قبیلن تام وُنہٕ سائنسی ترقی ہُند اَتھ چھُنہٕ ووتمُت ۔ از تہٕ چھہٕ سانین گامن تہٕ گُگٕٹن
منٛز پہلو تیٖر رچھنہ ورزِ، ییٚندرِ کھٕہس منٛز، گُمہ ڈٕہ رو کرن تہٕ اجنہٕ دان ڈُورِس
منٛز، ریڈس لمَن وألی ریڈس لمنہٕ وقتہ، کرہیٛژِ تہٕ ہَندہ کورہ ییرَن ہیٚسیرن ورزہٕ
ٹھسجی کادہ وألی نقل رُو ہنہٕ ورزِ ییمَن لگہ بأتن لرہ لوٚہ کران روزان تہٕ ذہنی
سکون حأصِل کران ۔ خاندرن ووہ ژبن ییٚھٕٹہٕ تہٕ ماہ رمضانہٕ کین دوہَن
چھُہ گامن منٛز لگہ شاعری ہِندی دروازِ وٕتھی گرٕژھان تہٕ زندگی چھہ باسان
گتہٕ رینہٕ ہِندی بأتھی گتھ کران۔ تیمَن جاین یوٚت نہٕ وُنہٕ ریڈیو تہٕ امہٕ قسمکو
دوٚیمِ چیز وأتی ہیٚتی چھہ، چھُہ صرف لگہ ادبی (ییتھ منٛز شاعری علاوہ لگہ
کتھ بتہٕ تہٕ شأمِل چھہ) یوٚت لُوکن ذہنی تسلی تہٕ تشفی عطا کرنُک اَکھ
ذرِیعہ۔

اَسہٕ برونٛہہ کنہٕ چھہ واریاہ ترٛژھ مثالہٕ تہٕ ییمَن منٛز اَسہ لبنہٕ چھُہ
یوان زِ کینٛژن گوٚہنہٕ ماتَن ہُند کلامہ تہٕ چھُہ ادبکہٕ رنگہ رنگینہٕ آمُت، مگر یہ
کلامہ چھُہ اکثر بیشتر پرانین گوٚہنہٕ ماتَن ہُند۔ وجہ چھُہ صاف ظأہر زِ

شوٗد تہٕ سادٕ آسنہٕ باوجود چھےٚ لکہٕ ادب ہنٛد بڑن وٕری یُن ہنٛدٕ
تجربٕک حاصل آسان۔ اَتھ منٛز یوٗدوٕے ہیتھکہٕ تہٕ موادٕکۍ حاجہٕ باوٕنۍ آسان
چھےٚنہٕ مگر لکہٕ ادبٕک سرمایہ نظرِ تل رٹھتھ چھےٚ مختلف زمانن منٛز زندگی ہنٛزٕ
قدرٕ ہٕ سرٕ رکھرٕ کرنس منٛز آسایش تہٕ سہولیت سپدان۔ انسانس چھےٚ اَتھ
منٛز سۭتۍ رنگارنگی نظرِ گژھان، یہ سہٕ رنگارنٛگۍ قوٕدرتکس نگارخانس منٛز
ؤریشھتھ چھےٚ یوان تہٕ دٕیمٲغس شہجار تہٕ سکوٗن بٲگراوان چھےٚ۔

میہ چھےٚنہٕ یمہٕ کتھہِ ہنٛز کانٛہہ ضرورت باسان زِ بہ کرٕ لکہٕ باتن
ہنٛزن بیوٗن بیوٗن ذاژن ہنٛز پیش نامس منٛز وِکھنہٕ تہٕ ٹکیازِ یمہٕ کتابہٕ
ہنٛدِس گوڈنکس جلدس منٛز چھےٚ جناب علی محمد لون صٲبن تمہٕ سارنۍ ذاژ
لگ بھگ لگاتار وَرژ، یمہٕ لکہٕ باتن سۭتۍ تعلق چھےٚ تھاوان۔

زیرِ نظر کتاب چھےٚ لکہٕ باتن ہنٛد دۆیُم جلد یُس کلچرل اکادمی ہنٛدِ
طرفہٕ شایع چھُ سپدان۔ یُنٛس مقصدس منٛز کتھ حدس تام چھُس بہٕ کامیاب
سپدمت تمہٕ کتھہِ ہنٛد اندازٕ ہیکن پرن والۍ کرِتھ۔

بہ چھُس پزٕ دِلہٕ کلچرل اکادمی ہنٛدِس ڈپٹی سیکرٹری جناب علی
محمد لون صٲبنٕ تہٕ جناب کامِل صٲبنٕ شکرگزار، یِمو میہ یہ کٲم پوٗرٕ کرنچ
تحریک دِژ۔ بہ چھُس تمن وارِیاہن ماجن تہٕ بینن تہٕ دوستن ہنٛد شکرگزار یِمو
میہ یمہٕ کتابہٕ باپت مواد سومبراونس منٛز اَتھ رۄٹ کوٗر۔

موہنور - یکم جولائی ۱۹۶۶ء

موتی لال ساقی

پرٛیتھ اَکہِ باشعور قومَن چھُ گۄڈٕ پیٹھٕے لُکہٕ ادبس (میون وَنُن
چھُ صرف لُکہٕ شاعری تام محدود۔) اکھ پایہ بوٚڈ مقام عطا کوٚرمُت، تکیازِ
لُکہٕ ادبٕکہِ مطالعہٕ سۭتۍ تہٕ اَمہِ چھِ بنیادن پیٹھ چھُ تخلیقی ادبٕچ رنبہٕ رۄدۍ
مندورہٕ تٲمیر سپدان تہٕ اَمہِ سٕتۍ رۄپ تہٕ رنگ چھُ داریاہس حدس تام
تخلیقی ادبس منٛز جلوٕگر سپدان۔ اَمہِ کتھہِ کُنۍ گژھِ نہٕ یہِ ڈوٗنۍ کینہہ گوٚب
ہیوٚ زِ کُنہِ قومُک معمولی تہٕ پۄختہٕ لُکہٕ ادبُک خزانہ چھُ تَمہِ قومہٕ کہِ تخلیقی ادبکہِ
ثکاشدار پکہنُک ضامن آسان۔

لُکہٕ ادبکہِ (خصوصاً لُکہٕ باتہٕ) مطالعہٕ سۭتۍ چھُ زبانۍ ہِندِس
بدلہٕ وۄنۍ دِہ تہٕ رنگ تخلیقی ادبس مقابلہ زیادہ پٔنۍ ثابتہٕ اَسہِ برونٛہہ کُن
یوان۔ عالِم، لِکھارۍ تہٕ شاعر بیترِ یِمن زبانۍ اَکِس گنڈِس، اَکِس قاعدس
تل چھِ تھاوان، تِتہٕ چھِ عام لُکھ یِمَن قاعدن تہٕ گنڈن ہُند پرواے کرنہٕ
ورأے نَوۍ نَوۍ لفظ گنڈان تہٕ تِمن مانے تہٕ قبولِ عام بخشان۔ امہِ کتھہِ کُنۍ
چھُ لسانیاتکس مٲدانس منٛز تہٕ لُکہٕ اکھ خصوصی مقام حٲصل۔ عام لُکن
ہِنٛز ڈکھ تہٕ عام زندگی ہُند ترجمان آسنہٕ کنۍ چھُ لُکہٕ ادب اکھ سہ تاریخ یُس
ہر ہمیشہ سٔتھ ہیکہِ مسنہٕ وٗن، سرسبز تہٕ شاداب روزان چھُ۔ تاریخ لیکھن
والۍ ہرگاہ کُنہ کُنہِ جاے طرفداری تہٕ جانبداری کٲم ہیوان چھِ، مگر لُکہٕ
ادبس منٛز چھِ پرٛیتھ اکھاہ پننِس اصلی شکلِ منٛز نوٗن نیران۔

# ژھنتھ روونہ منزلس....

ژھنتھ روونہ منزلس کرٲے گۄرہ گۄر
شاند دِمے شاندہ گوٚنڈ تہٕ زرباف وۄزر
ژھنتھ روونہ منزلس کرٲے گۄرہ گۄر

تھنہٕ پیٚلہٕ پیٚو ہمم     اڈہ راتن
ذاتک رلیوٚ کھنے     شوہر ناتھن[2]
وۄچھ میو ذاتکس پیٚٹھے وۄمبر پۄر
ژھنتھ روونہ منزلس کرٲے گۄرہ گۄر

---

[1] یمہٕ منزلہٕ بٲتک اظہار تہٕ اسلوٗب چھُ وَنان زِ یہ گژھہ اُرکہٕ مالہِ ہُند لیوکھمُت آسُن۔ بٲژ زبان تہٕ چھہٕ کُنہ حدس تام اَمہٕ کتھہ ہُنز تٲئید کران۔ باسان چھُ زِ یہ بٲتھ آسہ ہے واریاہ وکھنے دار مگر واریاہ وقت گزرنہٕ کنی چھُنہٕ یہ کاتسہٕ پۄرہ پۄرٕ یاد۔ بٲتک لۄت لۄت تہٕ سۄت سۄت زیر و بم چھہٕ یتھ منزلہِ بٲتس اُرکہٕ مالہِ ہِنٛدِین بٲتن سیٹھاہ نکھہٕ نوان۔

[2] شوہ ناتھ:۔ بھگوان شوٕ۔ کیلاسس پتی شنکر۔ واریاہن محققن ہُند خیال چھُ زِ بھگوان شو چھُ دراصل دراوڑن ہُند دیوتا، یُس ہندوستانہِ یتھ آریہ نسلہ کیو لۄکو یانہٕ نوو کشیرِ منز چھُ اَمس دیوتا سندس ناوس پیٹھ باضابطہ

# گوڑہ گوڑہ کرہ یو....[1]

گوڑہ گوڑہ کرہ یو کنہ کے دُورو کنہ کے دُورو
ناٗلی چھےٚ کھاٗلہ مالہ ہیٚٹہٕ حنظوُرو ہیٚٹہٕ حنظوُرو
گوڑہ گوڑہ کرہ یو کنہ کے دُورو کنہ کے دُورو

دِلہ ہندِہ شاہ زادہ آکھا لوٗہوُرو آکھا لوٗہوُرو
یٚتھ داری ما دٔدی یو مرگے شوٗرو مرگے شوٗرو
گوڑہ گوڑہ کرہ یو کنہ کے دُورو کنہ کے دُورو

---

[1] مرگہٕ شور۔ سو شورہٕ دگ یُس سہ صُبحن مرگہٕ منٛز یا نیرِس منٛز پیٚے ہرٛچھہ آسان یہ چھہ سنٛخ ترٛزی آسان۔ (م۔ل۔س۔)

[2] یہ منزلہٕ باٗتھ چھہ یمہ کتابہ ہندِس گوڈنکس جِلدس منٛز تہٕ شاٗمِل۔ مگر تتہٕ چھہ اَرچ وکھنے بدل۔ اردو زباٗنی ہندی مشہوٗری لِکھاری ایم۔ اسلم، صابن چھہ یہ منزلہٕ باٗتھ پنٛنِس اَکس افسانس منٛز شاٗمِل کوٗرمٕت۔ امہ علاوٕ چھہ یہ باٗتھ "زہرہ خوتوٗن" ناوِچہ فارسی تہٕ کاشُرہ ڈرامہ کتابہ منٛز تہٕ یٚمی آیہ درج۔

بب چھوان یِندراؤہ مٲج یِنمبرٕ زٕل
وتھرٕن تراوہ یو فرشس مخمل
اُلرنہٕ[1] اَنہٕ یو جنتچ حوٗر
ژھِنتھہ رٕچھ نہٕ منزلس کرٕے گوٗرہ۔ گوٗر

بب چھوان اوٗسم بوٗڑ، پیش کار
کشمیر منڈلک تحصیل دار
بختہ چانہٕ لوٗد نمو تختِ لوٗہوٗر[2]
ژھِنتھہ رٕچھ نہٕ منزلس کرٕے گوٗرہ گوٗر

---

پٲٹھو اَکہ فلسفٕک کُن دِنہٕ آمُت تہٕ یہٕ فلسفہ پھاٹھلاونہٕ آمُت۔ اَتھ فلسفس چھہ شِو ازم یا تُر کاؤنان۔ ہندو دیومالا یہٕ تہٕ تُر مورتی موجوٗب چھہ بھگوان شِو تباہی تہٕ بربادی ہُند اَگر۔

[1] اُلرنہٕ۔ گوٗرہ گوٗرہ کرنہٕ۔ منزلس منز ہو ہو کرنہٕ۔

[2] لوٗہوٗر۔ لاہور ناوُچ کٲشر شکل۔

# بوٗ لٔکۍ لٔلی کرٲیو

اشِنزٕ لِہ اوٚن مے منزٕ ژٕل ہٕلی

بوٗ لٔکۍ لٔلی ۔ کرٲیو

دُکانہٕ اُنزِ مے کتاب مٕلی

بوٗ لٔکۍ لٔلی ۔ کرٲیو

•

اننت ناگہٕ اُنزِ مے رنگہٕ دُوج مٕلی

سوٗنہٕ سُند قلم گرٲیو

اَچھہ رپأنز چھم مٕہ ختےٚ پھٕلی

بوٗ لٔکۍ لٔلی ۔ کرٲیو

•

وٕیچہ ناگٕ رٕ اُنزِ مے رنگ کھٕراو مٕلی

پأڈٕ پُشٕٹھ[۱] کرٲیو

ژٕہ کرِتھ ربہ تٕہ رٕدٕدِ تٕلی

بوٗ لٔکۍ لٔلی ۔ کرٲیو

---

[۱] کھرادِ ہِندِ بایت ووٗنی ہٕش رٕز ۔ اکِہ قسمچ ڈوٗر ہِش ۔ پُشٕٹھ چھہٕ اکثر دیٚلین بناونہٕ یوان۔

وَتہٕ وَتہٕ پھیرِے مَتہٕ منصوٗرو - متہٕ منصوٗرو
نیرِ ہا ژٔیے پیتہٕ چھٕنہٕ دوٚستوٗرو - چھٕنہٕ دوٚستوٗرو
گوٗرِ گوٗرِ کرِ یہ کنہٕ کے ڈوٗرو - کنہٕ کے ڈوٗرو

آنگنہٕ موٚ پکھہ واٹنگن ژوٗرو - واٹنگن ژوٗرو
سیٖنن کیا رَنہٕ یہ ٹھوٗلہٕ زوٚمبوٗرو - ٹھوٗلہٕ زوٚمبوٗرو
گوٗرِ گوٗرِ کرِ یہ کنہٕ کے ڈوٗرو - کنہٕ کے ڈوٗرو

# به گوڑه گوڑسے کرآیو

ہیٚتھ کے لدره پتہ کینہ کے دوٚرو
به گوڑه گوڑسے کرآیو

ڈایکہ بچہ ماجہ ہندرہ پوٚترسے حوٚرو
یوٚت کمہِ ہاوٚنے میہ نشہ وُتھ
دوٚدسے بھایوٚ کوٚرسے قصوٚرو
به گوڑه گوڑسے کرآیو

ہیٚنہ بالہ گوہم ژرِی گرہ نیرتھ
تنہ نو پھیرتھ آہم زانہہ
بندسے ہرژہ مے پھوٚرہم ژوٚرو
به گوڑه گوڑسے کرآیو

بوہ تہ ہا آسہس جنتچ حوٚرو
لاگنہ ژوٚرن کرم مرژہ گاٹکہ
کھوٚنہ ہو للہ وَتھ یاوَن ژوٚرو
به گوڑه گوڑسے کرآیو

---

ل یہ بامتہ ہرگاہ منزلہِ باگتھ ییمہ کتھ موجوب چھینہ تہ امیک مواد چھہ بدل کتھ ونان۔ مگر عام لوٚکن منز چھہ یہ باگتھ منزلہ باگتہ رنگے عام قبول عام

# "ہُمی مأل کرے ناو"

سوٗنہ موٗلہٕ گرٕ کنہٕ وأل
ہمی مأل کرے ۔ ناو

پیٖلہٕ دٔر ژٕہ زایکھ بأل
زنہٕ چانہٕ کیا بوٗز چاو
نِی نکھ زٕچھکھ دوٗدہ مأل
ہمی مأل کرے ۔ ناو

ژاٹہٕ ہال ژٕہ گیٖکھ بأل
گاٹہٕ جارہٕ ٹگی ۔ تار
کِتابہٕ تژادیتھ نأل
ہمی مأل کرے ناو

شاہ زادہٕ آمت سأل
روٗشن ہے دلتھ اوٗس
زر باف شوٗبی ۔ نأل
ہمی مأل کرے ناو

●

# لجیو مائجی

گوُرہ گوُرہ کرہ یو لجیو مائجی

کنہ دُور گرہ یو لجیو مائجی

گوُرہ گوُرہ کرہ یو لجیو مائجی

صُبحکہ سرہ یو لجیو مائجی

گوُرہ گوُرہ کرہ یو لجیو مائجی

سون رُوف گرہ یو لجیو مائجی

گوُرہ گوُرہ کرہ یو لجیو مائجی

کھرہ کٲسی کھرہ یو لجیو مائجی

گوُرہ گوُرہ کرہ یو لجیو مائجی

# کۄستوٗرہ کرَے ناو

چَشمَ دٕمہٕ تہٕ لدَے ڈوٗرہ
کۄستوٗرٕ کرَے ناو
نٲگس سٕتٕرٲن کریوم حوٗرہ
بانٛچھ ہی ژٕ چھاوَکھنا
لاگہٕ شیرٕ وٕچھٕت دوٗرہ
کۄستورٕ کرَے ناو
کھوٚت ہم سرٕ یہ شُلی پورٕ[1]
رٕچھِت رہٕتہٕ منزٕلس منز
چھیٚہم ژٕونٛگ دزان زوٗرٕ
کۄستورہ کرَے ناو
کِھیاوِتھ کھنٛڈٕ تہٕ شکرٕ ژوٗرہ
گرَے پانہٕ کنٕ دوٗر
دٕراہم بامٕن لاوے موٗرٕ
کۄستوٗرٕ کرَے ناو

---

حاصل آسنہٕ : نمہٕ کھہٕ کوٗز مہٕ یہ بأتھ منزلِ بأتٕن ہندِس عنوانس تل درج -

[1] مشرقہٕ کِنہٕ

# گوٗر گگرایَن

نالس وۄزِھ یو مالِہ دَد رایَن
گوٗر گگرایَن ۔ گوٗر گگرایَن

ژٕہ تہٕ بینیہ چانین ہیمَن دودہ بھایَن
گوٗر گگرایَن ۔ ۔ گوٗر گگرایَن

مخملٕ جور پیٹھے ژوٗنژہ تےٚ دایَن
گوٗر گگرایَن ۔ گوٗر گگرایَن

پھیرنہٕ رِنِہ ٹھو مخلوٗکھ شایَن
گوٗر گگرایَن ۔ گوٗر گگرایَن

روٗ چھِہ نکھو نوٗرالدین صابنِہ سایَن
گوٗر گگرایَن ۔ گوٗر گگرایَن

جورس گاہ دیُت سونہٕ ٹلہٕ مایَن
گوٗر گگرایَن ۔ گوٗر گگرایَن

نالس وۄزِھ یو مالِہ دَد رایَن
گوٗر گگرایَن ۔ گوٗر گگرایَن

# موے یدٕرٕس لگائیو

ائج ہا گیٖی گیٖن گیدٕرٕس
موے یدٕرٕس لگائیو
ہمسایہٕ گرٕ گیہٕ گرٕہہ ژاڈٕرٕس
موے یدٕرٕس لگائیو
ائج ہا گیٖی گیٖن گیدٕرٕس
موے یدٕرٕس لگائیو

ہردٕ بب گوٚے پنجاب گنٕے
اُنی ژہٕ کیت مولُل تھان
اوڈ ٹھورٕ اُتے جور شورٕ اُڈٕرٕس
موے یدٕرٕس لگائیو
ائج ہا گیٖی گیٖن گیدٕرٕس
موے یدٕرٕس لگائیو

---

۱ گیٖن - دان گھاٹک اکھ حِصہٕ یُتھ سیٹھاہ نرم آسان۔ ۲ گیوڈ - بوٚد

# کرٖہ یو ہوتے ہو

سعہنر موسلہ حقیقت مکہہ کینر دوٗر گرہ یو
کرہ یو ہو تے ہو
رہنر داماٹس لال ہو جرہ یو
کرہ یو ہو تے ہو
تھکنر ینر پثیہم یاوٗن آمو
بامٗن ڈزامو کنجہ ببرے
اسہر ورنر بتھہ چھک لس تم ہرہ یو
کرہ یو ہو تے ہو
ببہر یتدرازن منرلاہ گورنے
جورہ سحقہ وائی ماتا مال
ویدتے گیتا بروشہہ کینہ پرہ یو
کرہ یو ہو تے ہو

# وَژُن [1]

کٕری جامَن سۄ نٕز مٲلہِ ما سی

کٕری جامَن سۄ نٕز مٲلہِ ما سی

دیٛوکی [2] مٲج دَ پٕھنٕے دژا سی

کٕری جامَن سۄ نٕز مٲلہِ ما سی

گوڈٕہ پٔرٕ ہنٕے مالِیُن آ سی

کٕری جامَن سۄ نٕز مٲلہِ ما سی

اَتہٕ گَنٛڈ اَہن سۄ ہرِ ڈا سی

کٕری جامَن سۄ نٕز مٲلہِ ما سی

دارٕ [3] پوہ نے آیہِ درٕہ با سی

---

[1] یہ وَژُن چھ خانٛدرس پلیٹھ وَنٕنہٕ یِوان گٕہ گوڈنکیٚ دۄہ یَتھ کٲمہِ نارٕ پلیٹھ بٹنہٕ گیوان

[2] بٹن ہنز چھےٚ نادٕ ہیتھ وَنٕنہٕ یِنک یا گیونک رَواج۔ اَمہِ سۄ کھ چھےٚ مےٚ یٚژ مَن بھایہِ ہٕشرہ جایہِ دیوکی ماجہِ ہِندِ ناوٕ لیوٚکھمُت۔ دیوکی اُس بھگوان کرشنہٕ سٕنز مٲج

[3] لِہ ہِندِہ یُنٛز مَہ یوٚرک یِتھ یِتھ بوٗر کٕرِتھ چھِہ آسان

# وَرُن[1]

ہنگے نوِو نچھتر تہٕ زنگ[3] ہے آیہٕ رژیے
دو دہٕ سیتہٕ عدٕ ڈرِی شوسلے پیٹھ ژیے
ہنگے نوِو نچھتر تہٕ زنگ ہے آیہٕ رژیے
دُراجے[4] لالن شار کا[5] ہیتھ سییے
ہنگے نوِو نچھتر تہٕ زنگ ہے آیہٕ رژیے
اَسہٕ پانہٕ نارآئی زن[6] لچھمی[7] دِرژییے
ہنگے نوِو نچھتر تہٕ زنگ ہے آیہٕ رژیے
آکاشہٕ اَرژھ رژھ پاسنے وَرژھ دییے
ہنگے نوِو نچھتر تہٕ زنگ ہے آیہٕ رژیے

---

[1] یہ وَرُن چھہٕ بٹنہٕ خاندر شروع سپدنکہٕ دوہہٕ وَنان۔ [2] سات، وِز، موقہٕ، [3] کانہہ کام شروع کرنہٕ برونہہ چھہٕ بٹنہٕ کاغذس تو مل، نوٗن تہٕ پانٛسہ سیتھ مردس دُچھنہٕ اندہ تہٕ زنانہٕ کھوورہٕ اندہ پھیکس لاگان، اَتھ رسمس چھہٕ زنگرٕ یُن وَنانٕ گنہٕ کامہٕ نیرن وِزہٕ تہٕ چھہٕ بٹہٕ کاغذس شُرِس یا بییہ کاغذس وُچھنو کنہٕ کڈان۔ اَتھ طریقس تہٕ چھہٕ زنگرٕ یُن وَنان [4] اتھین چھہٕ مہرازہٕ شندناو ہینہ یوان [5] اکھ دیوی اَمی سُند استھاپن چھہٕ کشیرِ منز رانیچھتنہٕ، بادرِ پورہٕ تہٕ تُلہ مُلہٕ [6] بھگوان [7] دولتچ دیوی شہٕ آسمانہٕ پیٹھ۔ سوہرگہٕ منزہٕ۔

کری جامَن سعہ نز گُلہ ماسیے

اَسہ ناراُنی کوزہ یتُن ساسیے

کری جامَن سعہ نز گُلہ ماسیے

دیوتا پانژ سالَس آسیے

کری جامَن سعہ نز گُلہ ماسیے

کری جامَن سعہ نز گُلہ ماسیے

# مأنزِ وزُن

سبز مأنزِ سوٗرخ رنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
بیٚے راجس وتھرُن پرنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
تتھ پیٹھ بہتھ اَل ترِشنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
کھورِبن روٗپٕز بیٚیہ پارسنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
بٕہ شیرہ ڈالے بہرِ لنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
میہ بأیی راجو دِتم زنگ[1]
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ
سبز مأنزِ سوٗرخ رنگ
رنگن منز چھُہ رنگا رنگ

---

[1] خاندرس بیٹھ چھِ پوٗفِ مختلف وقتن پیٹھ رِتہ بیہ تران۔ ترنگہِ گنڈنس

# وَژُن [1]

لنڑنی مینژے کوزتھ گچھا
اچھا بُہرکر [2] بائی یے
وَچھس گنڈِتھ رہ پیے پُچھا
اچھا بُہرکر بائی یے
خاندر آسان ریتھا پچھا
اچھا بُہرکر بائی یے

---

[1] یہ وَژُن چھ بَٹہ گرہ نادیہ یا لڑِکہ دوہہ تمبکھ نارہ پیٹھ گیوان۔

[2] بُہرکر رَنز زنانہ۔ کاشرین بٹن منز چھ بُہرکر اکہ فرقچ ذات۔ یہ فرقہ چھ اکثر دُکاندٲری کران۔

تس چھہ وُچھان لگمہ سارے یے

مائشرہ کنڈس کنارے یے

کو نے لگیس دید یارے یے

مائشرہ کنڈس کنارے یے

خاشہ مائجی وَن ہارے یے

مائشرہ کنڈس کنارے یے

جاۓ ز وارِوی چھہ بایارے یے

مائشرہ کنڈس کنارے یے

# مٲنزِہ وَژُن

مٲنزِہ کَنٛدٕرِس[1] کِنارٕ ہیے
مٲنزِہ کَنٛدٕرِس کِنارٕ ہیے
لالِہ صاحب چھُم دربارٕ ہیے
مٲنزِہ کَنٛدٕرِس کِنارٕ ہیے
ٲلِہ کھیوان شہ پھارٕ ہیے
مٲنزِہ کَنٛدٕرِس کِنارٕ ہیے
کوٚنٕے تَگِس بَب یارٕ ہیے
مٲنزِہ کَنٛدٕرِس کِنارٕ ہیے
لالِہ آمے شہارٕ ہیے
مٲنزِہ کَنٛدٕرِس کِنارٕ ہیے

---

مٲنز لاگنس ہیٚکلہ بیچھٕ وٕرٕ دانس پیٚٹھ بیترِ وزن پیٚٹھ چھٕ پیوان زنگ رٕٹان تہٕ ڈھوڈٕ یا ٹھوٗ گیٚنِہ زنگ رٕٹِتھ گٕنِہ کامہِ ہیٚنٛدِس وقتس پیٚٹھ پوٗنسہ رٕٹِتھ۔ یہ وَژُن چھٕ اکثر پیوان مٲنزِہ راتھ دوہ وَنان۔ (م۔ل۔س) [1] مٲنزِہ باتہٕ یتھ منز مٲنز اَدٕرنہٕ چھٕ پیوان۔ بنان چھُ زِہ بروٗنٹھہ کالِہ ما آسہٕ ہے یہٕ کانٛہہ خاص باتہٕ آسان۔

# ماٗنزٕ وٕژُن

ماٗنز لجٕہ یو ماٗنزِ نمہ نِنۍ ماٗنزہ دِیت نیو جوش

صاٗبہ لالو کیھو گژھہ یو پہ ژیہ کرہ یو خوش

ماٗنز لجٕہ یو ماٗنزِ نمہ نِنۍ ماٗنزہ دِیت نیو جوش

چانہٕ باپت پھیرہٕ جنگلن مارہٕ شیکار گوش[1]

ماٗنز لجٕہ یو ماٗنزِ نمہ نِنۍ ماٗنزہ دِیت نیو جوش

چانہٕ باپت گژھہ دٕریہ سپہ ئتہ چھہ پلنگ پوش

ماٗنز لجٕہ یو ماٗنزِ نمہ نِنۍ ماٗنزہ دِیت نیو جوش

ناٗلہ ژھن یو موہ ختہ ہارا تہ شیرہٕ لاگہ پوش

ماٗنز لجٕہ یو ماٗنزِ نمہ نِنۍ ماٗنزہ دِیت نیو جوش

ببہٕ لالنۍ مالہ گرہ یو دٕورہٕ روٗژھتم بوش

ماٗنز لجٕہ یو ماٗنزِ نمہ نِنۍ ماٗنزہ دِیت نیو جوش

سرہ پھولہ سمہ اکہ نندہ تہ گندہ ومن پمپوش

ماٗنز لجٕہ یو ماٗنزِ نمہ نِنۍ ماٗنزہ دِیت نیو جوش

یہمہ گژھہ سمہ رٔنۍ[2] انہ نے تنہ تھاوِ رژم ہوش

ماٗنز لجٕہ یو ماٗنزِ نمہ نِنۍ ماٗنزہ دِیت نیو جوش

---

۱۔ ماز  ۲۔ زنانہ۔ خاندار بیز

# مأنزٕ وَرٕشُن

بوزی سُلی یے لو
مأنز مُلی یے لو
دیارٕ ھُلی یے لو
مأنز مُلی یے لو
جامہٕ چھُلی یے لو
مأنز مُلی یے لو
ینمبرٕ زٕلی یے لو
مأنز مُلی یے لو
ناگہٕ بُلی یے لو
مأنز مُلی یے لو

---

[1] یہ مأنزٕ باتھ چھہ بَتٕہ خاندرس پیٹھ عموماً تمہٕ ساتہٕ وَنان ییلہٕ یوٗت مأنزٕ کوٚنڈ ہیتھ بکھر دارن نشہٕ گرٛھان چھہ۔

# مأنزٕ وُژن

سرے کدٕلہ مأنزے ہُندُے ترأسیے
بیٹھے گَیَس بیٚے راجَن گرأسیے
سرے کدٕلہ مأنزے ہُندُے ترأسیے
بیٹھہ بی گوٗرہی چایا ژوٗڑاہ کرأسیے
سرے کدٕلہ مأنزے ہُندُے ترأسیے
کَنَن ژٔیہ جھمکہ نألہ ترۄٹاہ گرأسیے
سرے کدٕلہ مأنزے ہُندُے ترأسیے
موہر وَتہٕ لالو چنْدہ ژٔیہ پأنسے بَرأسیے
سرے کدٕلہ مأنزے ہُندُے ترأسیے
مَے وَد گوٗرِس بونٔے وَدَن زرأسیے
سرے کدٕلہ مأنزے ہُندُے ترأسیے
معہ لُل معہ خُتنے نالس چأنِس جرأسیے
سرے کدٕلہ مأنزے ہُندُے ترأسیے

# مأنزِ وَرٕژُن

مأنزٕ ہے اَرُم ڈٔپِٹھٕ وٕرلِتھ

مأنزے زٕ گُگُو بَرِتھ کیا

مأنزاہ اَذمے لوہُورہ تَرِتھ

مأنزے مَعَہَر گرِتھ کیا

مأنزاہ اُرُم بگمین یَرِتھ

مأنزے زٕ گُگُو بَرِتھ کیا

مأنزِ کوٗنڈٕ اَدُم سوٗنہٕ تُندٕ گرِتھ

لالِینہٕ دیرے سَرِتھ کیا

ہوُوُر نیرِہم سازاہ گرِتھ

مأنزے زٕ گُگُو بھرِتھ کیا

# وَنُن

پَھٹے شاد ر میہ تے مِیانِن مالِنِن
پَھٹے شاد ر میہ تے مِیانِن مالِنِن
پَھٹے شاد ر راجے لالِنِن بارِن
پَھٹے شاد ر میہ تے مِیانِن مالِنِن
پَھٹے شاد ر مالِنِن رعہ پہ تالِنِن
پَھٹے شاد ر میہ تے مِیانِن مالِنِن

---

(نوٹ:۔) یہ وَنُن چھ اکثر کوٗر باسے سِندِس کھاندرس پیٹھ مالِنہ
تُمبکھ نارِہ پیٹھ گیوان۔

# ماجہٕ وۄشُن

ماجہٕ کھۄژ سۄرگہ تہٕ ماجہٕ دزاسے وۄڑی
ماجہٕ آیہٕ سۄرگا پۄری سے
زالایہٕ[1] آنگن پھٕلی پوشہٕ نۄری
دوہ گونس لاگہٕ ژاری ژاری سے
ویلہٕ[2] دوت لاگنک تہٕ چھُم مجبوری
ماجہٕ آیہٕ سۄرگا پۄری سے
تکہٕ مُلہٕ باغ پھۄل اُسہٕ گژھو ٹۄری
راگہٕ ریٖتایہٕ[3] اُسہٕ منگو رژ اَگہٕ نیٚتھ[4]
ناگس باوو اُسہٕ رٕگہٕ ٹۄری
ماجہٕ آیہٕ سۄرگا پۄری سے

---

[1] اُکِس دِیوی ہُندناو - اُمِس دیوی ہیٚنز تھاپنا چھہ پرَبتہٕ تہٕ کھیروہ
[2] وِز، وقت، موقہٕ [3] اُکِس دِیوی ہُند ناو، تفصیل چھہ برونہہ دِنہٕ آمژ - [4] اجازت۔

# وَژُن

پربت کوہہ تَلِہ ژُندُرمیر دراو
لُتَریےٚ گاشا آو لولو
جبے کڈلِہ گنجِہ سمے ناوہ
واژٕ سے سوکھ تےٚ ساوہ لولو
واژسے پنہ نے لولہ نہ باوہٕ
لُتَریےٚ گاشا آو لولو
بیےٚ راجہ اَز گرہٕ حرن ژاوہ
قبیلےٚ کژون ہیتھ آوہ لولو
دیو کی مالے بوٚرنے چاو
لُتَریےٚ گاشا آو لولو

---

نوٹ:۔ یہ وَژُن چھُ تمہِ وِزِہ گیونہٕ یِوان یُلہٕ کورہ مالیہٕ درکہ گژھان یِوان چھہ۔

# وَنٛوُن

نامے نامے جائی چامے چھنا کرنہٕ نی

امرا کدل وان چھنا چامے چھنا کرنہٕ نی

نامے نامے جائی چامے چھنا کرنہٕ نی

سبز چھنا بہار چھنا بے چھنا کرنہٕ نی

نامے نامے جائی چامے چھنا کرنہٕ نی

چامے چھنا یور بنالہ چامے چھنا کرنہٕ نی

نامے نامے جائی چامے چھنا کرنہٕ نی

شیری چھنا معہ گو چھنا چامے چھنا بنہٕ نی

نامے نامے جائی چامے چھنا کرنہٕ نی

---

( نوٹ :- ) یہ وَنٛوُن چھہ زنانہٕ عموماً تمہ ساتہٕ وَنان یلہٕ تمن گیوان گیوان

چامے وَقتس بیہِتھ واتہٕ ہٕ -

# وَژُن

کرِتھ لأرِس أیہ دزاے کھُرکرِ یے

ؤِرکِ یے دِژوِیے ژندرنوُ دار

یِم چھِم راجے لالن شُرِکرِ یے

یِمن گرِژھہ آسُن سوٚن دستار

کھیوٚن ژِھکھ کھرِ تہٕ کھنڈ وتھرُن ذرکرِ یے

ؤِرکِ یے دِژوِیے ژندرنوُ دار

باغ نِیلہِ دژ ایکھ دوشہِ پوشِرکرِ یے

پوشو پرِیزہ نوو چون اُنہار

یور کونہِ آیکھ شامہِ سوندرکرِ یے

ؤِرکِ یے دِژوِیے ژندرنوُ دار

پوشہ وٚن مالِیُن چھُہنہٕ سوندرکرِ یے

مالِنہِ گرِہ کیتہٕ زاژھہ لگہِ تار

وٲرِوہ گرِہ روز ہیتھ وَن ژِرکرِ یے

ؤِرکِ یے دِژوِیے ژندرنوُ دار

---

یہ بأتھ چھےٚ " کأشرِ لکہِ بأتھ " کتابہِ ہندِس گوڈنِکِس جلدس منز

# وَژُن

چھوٗنی چھوٗنی تۄر کرِ چھہ گۄڈاے
لالا مٮ۪ٹھٕ یو ۔ ماسیے
یوٗ ہا چھسَے کولِہ باسیے
لالا مٮ۪ٹھٕ یو ۔ ماسیے
میہ چھہ دُورہ کنَن گۄڈاسیے
لالا مٮ۪ٹھٕ یو ماسیے
بوٗ ہا کرَسے شیرِ جاسیے
لالا مٮ۪ٹھٕ یو ماسیے
دُورِ وُچھمَے ژُورِ ژھاسیے
لالا مٮ۪ٹھٕ یو ماسیے
کیا زِہ تھوٗوتھمَ لولہ نیاسیے
لالا مٮ۪ٹھٕ یو ماسیے
رمیون ہٕنا کرتڑ پاسیے
لالا مٮ۪ٹھٕ یو ماسیے

# وٕژُن

یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے

راجے لالُن باغ یٮ۪لہِ ژائِس ببراہ وُچھمَس پرٛأنزیے

یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے

سوٚرے ہیٚے تہٕندِس ہنگسی لأگِم رٕزِ ہیٚے چھس ڈٲکہٕ پرٛأنزیے

یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے

تارکن منز بأگ زوٗن زان زوتان مارکن منز چھہٕ شُبہ وأنزیے

یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے

بأجی راجُن گرٕ ییٚلہٕ ژائِس دوٚہ پیٚم کوٗر آیہٕ سأنزیے

یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے

ہیرہٕ کھسہٕ ترٕنی آو لوٚیِم ڈٲکہٕ بُڈ کرکھ کرمہٕ لأنزیے

یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے

وأروٚہ گرٕہ گژھہِ دوہ دِین برٕہ تےٚ مالنٛی چھینہٕ روزہ وأنزیے

یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے یہ چھہ میأنز ببرے کأنزیے

# وَژُن

پوشہِ کنہِ موختہ گُگ کُھتی سعہ رگہ باغس
ناگس بیچھہٕ لوٚگ ہم سٕے[1] دربار
زلہِ کنہِ امرہ بتھ دڑاو یُتھ ناگس
ناگس بیچھہٕ لوٚگ ہم سٕے دربار
کتہِ اتر تم پوٚشس پم شیرہِ لاگس[2]
ناگس بیچھہٕ لوٚگ۔ ہم سٕے دربار
دِیوہ دِیہ درشُن ڈیڈہ تل زاگس
ناگس بیچھہٕ لوٚگ ہم سٕے دربار
اشہ گوہ ڈ دِمنہ سٕے[3] شراونس تہٕ ماگس
ناگس بیچھہٕ لوٚگ ہم سٕے دربار

---

شائِل۔ نگہ تتہِ چھہ یتھیچ وَکھنے علاحدٕ۔ سعہ وَکھنے چھہ اکہ علاقیچ تہٕ بیٚہ وَکھنے چھہ بٔیمہِ علاقیچ۔ محفوظ تھاوُنہٕ خاطرہ کوٚر مےٚ یہ وَژُن نوٚہ سرہ یتھ کتابہ منز شامِل۔ بروٚنہہِ لیٖڑ چھُ یہ باگھہ ناگی صاٖبَن جمع کوٚرمُت۔

[1] ہمس۔ رازہ ہونٛز، ھُما۔ [2] کلس۔ پوٚزایہ [3] سگ۔ چھرکاوٕ۔

# وژن[1]

شولہٕ دِوُن گنٛڈُسے معہ ختہ ہار

لولہ یٔیز مَن بأیی سیے

دیوکی مأل راجہ بأیسے

تاج تارٕ کھ زویسے سیے

تاج لأگِتھ ہوٗرٕ وٕزوسیے

لولہٕ یٔیز مَن بأیی سیے

دیوکی مأجی کرشنہ جوائیسے

منن مالاگنٛڈ ـــ تسے

نوشس ہیتھ پانہٕ آنگن ژوٕیسے

لولہٕ یٔیز مَن بأیی سیے

---

[1] یہ وٕژن چھہٕ مہرازہ سنٛدِ ہیوٗرٕ نیرَن وِزہ تہٕ تِہٕ تمہٕ سنٛدِس واپس یِنَس پیٹھ تہٕ بٕٹہٕ کھانٛدرس پیٹھ گیونہٕ یِوان۔

# وژُن

سِرِ کھوٗرُم پمپوٗشاہ گرہ ژوٗنمُ ییے

بیہِ راجنہٕ دیرِ ژوٗرُم شیرِ لوگمُ ییے

سِرہ کھوٗرُم پمپوٗشاہ گرہ ژوٗنمُ ییے

باگی راجَن یِی میہ ووٗنمُ تی میہ موٗنمُ ییے

سرہ کھوٗرُم پمپوٗشاہ گرہ ژوٗنمُ ییے

شیوہ ناتھَن پانہٕ ڈیکس اَتھ ڈوٗلمُ ییے

سرہ کھوٗرُم پمپوٗشاہ گرہ ژوٗنمُ ییے

اہنکارس[1] دَکہ دِنےٚ جان زوٗنمُ ییے

سرہ کھوٗرُم پمپوٗشاہ گرہ ژوٗنمُ ییے

---

[1] تکبر۔ غرور۔ نخوت

# وژُن

بُلبُلو لوگ یو بازِری جوش

بُلبُلو لوگ یو بازِری جوش

شالِہ مأر وأرتھہ مُن کوو ڈوٗل یو

بُلبُلو لوگ یو بازِری جوش

شارِکا یہ آنگن ڈیکہ میون پھوٗل یو

بُلبُلو لوگ یو بازِری جوش

یمبرزلِہ ژھاگس پھُلِلاہ موٗل یو

بُلبُلو لوگ یو بازِری جوش

رنگِہ زرِہ تھَرِہ بیہِتھ ژھوگاہ چھوٗل یو

بُلبُلو لوگ یو بازِری جوش

# وَژُن[۱]

دِلہِ جانو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی
بیہِ راجو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی
دِلہِ جانو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی
باپِی جانو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی
دِلہِ جانو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی
باگہِ[۲] وانو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی
دِلہِ جانو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی
سانہِ کرانیو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی
دِلہِ جانو رگِل ہا گرِٹھ وٲری وِہی

---

۱ یہ وَژُن چھُ تمہِ وِزِہ تمبکھ نارِہ پیچھٹ گیوِنہِ یِوان، یمہِ وِزِہ کورہ دٲرِد سکھراوان چھِ۔ ۲ بھاگہِ وان۔ خوش قسمت۔

# چھکرِ باتھ

سُلہِ پھُنجہِ ہرشہِ ہیئے پوشہِ گونٛدری لو
کمی باغچ چھکھے شامہ سوندری لو

وینیچہِ ترارے ماُلہِ لوُگمت
تتہِ چھہِ عاشق ۔ ماُلس

پاپری لگہ بیے بینے دِل ہنٛدری لو
کمی باغچ چھکھے شامہ سوندری لو

زیٹھو یار از ماُلہِ لوُگمت
یاترا یہِ واُتیٛ کمِ کمِ

ناوہ ترسکھے رِکنہ یکھ اُندری لو
کمی باغچ چھکھے شامہ سوندری لو

پربتہ از ماُلہِ لوُگمت
پھُلیہ منتو واُتی ساُلس

چندہ بُرسیے ژٕیتہ تہ پوشہ گوندری لو
کمی باغچ چھکھے شامہ سوندری لو

۵۰

# وُژُن

ہتے ہتے نازلی
ژیٚہ تے مہ چھُہ یخلاص
جور پٔھیے مخملی
ژیٚہ تے مہ چھُہ یخلاص
باغہ پٔھچکھ یٔمبرزلی
ژیٚہ تے مہ چھُہ یخلاص
وونہِ ژِہ چھُیے ڈۆرہ خاص
ژیٚہ تے مہ چھُہ یخلاص
مٔتئے دِتھم ووپہ باس
ژیٚہ تے مہ چھُہ یخلاص
کتھا کرہ تہٕ ہیم باس
ژیٚہ تے مہ چھُہ یخلاص
ہتے ہتے نازلی
ژیٚہ تے مہ چھُہ یخلاص

# چھکرِ باتھ

کری لولو ژہنتی کنتی ژچھم

کری لولو ژہنِی کنِی ژچھم

کری لولو بادشاہ بانکر ژچھم

کری لولو ژہنِی کنِی ژچھم

کری لولو آچھہ ول نانکر ژچھم

کری لولو ژہنِی کنِی ژچھم

کری لولو یمہ ناگرادرکو ژچھم

کری لولو ژہنِی کنِی ژچھم

کری لولو ژہنِی کنِی ژچھم

# وِیگہٕ وَژُن

آنگنہٕ میانہٕ چھَہ ناگہٕ سےٚ
راجے لالس ٹوٗٹھیوم دے
آنگنہٕ میانہٕ چھَہ ناگہٕ سےٚ
سہٕ چھاوِہ یانےٚ ببرہٕ نےٚ
آنگنہٕ میانہٕ چھَہ ناگہٕ سےٚ
کھٔتمٕ یہٕ سِری یہٕ پٔرزُل مے
آنگنہٕ میانہٕ چھَہ ناگہٕ سےٚ

---

نوٹ:- یہٕ وِیگہٕ وَژُن چھُہ نیٚچوی کھانٛدرس بیٹھ وِیگِس نمٕشنہٕ وزِہ گیونہٕ یوان۔

# چھکرٕ باتھ

مارہ مَتہ میاسنے اَز وَلوسون

امہِ ویٚسہِ ووٚن یوٚ میون سیٚے

شالہِ مآر باغس کرے وتھرون

شامہِ پٔتہ پِکھنا سون سیٚے

ذرہ ذرہ ٹھوٚوتھم چھُم ڈٲکہ لون

اَمہِ ویٚسہِ ووٚن یوٚ مِیون سیٚے

اَچھ ولہِ اَچھہِ دارہ لوٚگمو گرٛون

یاد پاو بخلاص پرٛون سیٚے

کوہہ تالہِ پٔتہ چھُے مالِشُن مِیون

اَمہِ ویٚسہِ ووٚن یوٚ میون سیٚے

یارہِ بل کاکنین چھُم سمکھون

چانہِ پرٛژھہ چھُم آوہ لون سیٚے

اَکہ لٹہِ پِکھنا دِتہ دَرشون

اَمہِ ویٚسہِ ووٚن یوٚ مِیون سیٚے

# چھکرٕ بأتھ

پوٗت پیٹھ کٔس نٕر گو عالم نأّلی

دَزٕہ وُزٕنی نارٕہ دُزہ مأّلی سیے

کَم کَم خانہ کٔرِکھ موتَن حأّلی

دَزہ وُزٕنی نارٕہ دُزہ مأّلی سیے

یادُن پوٗت نے پھیرِ زانہٕ بأّلی

دَزٕہ وُزٕنی نارٕہ دُزہ مأّلی سیے

مأتزِہ رنگہٕ وزٕہٹ چھی چشمہ بوٚدٕبٕٹ کھأّلی

دزٕہ وُزٕنی نارٕہ دُزہ مأّلی سیے

حق سبحانس حال کری حأّلی

دزٕہ وُزٕنی نارٕہ دُزہ مأّلی سیے

کس گو کس نٕر گو کٔس رُد خأّلی

دزٕہ وُزٕنی نارٕہ دُزہ مأّلی سیے



# چھکرہ باٹھ دہزل

ژاو وُرُٹھ وٹ ارلنج منیہ ژلیم ہئوٹے
لولہ سان گزیسی ییٹنہ وولے آو
مہرازہ لالہ ییٹلہ آب لدنہ ووٹے
چھوو ہس آبر ٹھٹول سیے
وٗدہ کنہ زولہ ہس مرژہ وانگن بنژوٹے
لولہ سان گزیسی ییٹنہ وولے آو
بگہ ورِنی بالہ پیپھڑ دوہس ڈولے
یارن کڈانس قندہ شربت
پیترِ چھس لاران شابان زِژولے
لولہ سان گزیسی ییٹنہ وولے آو
زاثیانہ وُچھنہ دزاو کورہ ہند موسے
امہ کھوترِ جان اوس کرِ بنژولے
سانہ کورہ شوبہ ہے روہنہ مُنزِ وولے
لولہ سان گزیسی ییٹنہ وولے آو

# باعقہ

چلم چھبڑ نم تہ ہے
رتہ چھم بَبہ لالیز چلم
تمو سند چھم غم تہ ہے

چلم چھبڑ نم تہ ہے
سبز بُرم تماکِ چلم
سوہ رنج کوز مس رنگ تہ ہے

چلم چھبڑ نمَ تہ ہے
بازرہ اُنم نوہی چلم
وَتی گُگیس رُم تہ ہے

چلم چھبڑ نمَ تہ ہے

# چھکرِ باتھ

ہیٚڈ کوٗرِی جووت ہاوِی لولو
ترٛاوِی نٔژِی وار نٔژِی وار ترٛاوِی لولو
وسِچھتہ بھگوانس سمے بٔنیِتھ رٔنیتھ نا
کوٗر لوچھہ پوزہ پوشہ ڈٔینیجہ ہورٔنیِنا
چھس بجہ پٔاران دِنوہ تی ہاوِی لولو
ترٛاوِی نٔژِی وار نٔژِی وار ترٛاوِی لولو
ۂتس رعہ بیٚس چھہ گرٛھان اکھ ہیرٚن جور
نیرِ کولہِ ہیٚڈ چھلِہ وارہ اکھ بٔتھ کھوٚر
رعہ بٔژ داماںیِ رٕبہ رلیتھ ناوِی لولو
ترٛاوِی نٔژِی وار نٔژِی وار ترٛاوِی لولو
دٔے دی نے جان گو پان شمراوَ
میوہ گگ کی پاٹھن کلہ نوٚمراو
دوتہِ کرٛتا سادہ منگہ ناوِی لولو
ترٛاوِی نٔژِی وار نٔژِی وار ترٛاوِی لولو
برٛہمہ ہتھیا یہ کاٹن واگنہِ ہیرٚ چھے

مہرازہٕ وُچھنہٕ دٕژ او کورہ ہُند موٗلے
اَمہ خحہ تہٕ جان اوسس واتوٗلے
سانہٕ کورہ شوٗبہٕ ہیے خانے موٗلے
لولہ سان گرٕیسی ہینہٕ دولے آو

ہارِشہ دوپ نوشہٕ کُن وہ نی کرے شہوٗلے
پڑانہٕ نوشہٕ میہ جِگر زول یے
اکہ زٕنجہ ورہ مل تہٕ بیس موٗد موٗلے
لولہ سان گرٕیسی ہینہٕ دولے آو

●

## چھکرہ وژن

بیے گانہٕ ملکس گرٕژھی زٕنوسائلی
بیے گانہٕ ملکس گرٕژھی زٕنوسائلی
یَس نہٕ گو تِمس مہٕ حال کرسائلی
بیے گانہٕ ملکس گرٕژھی زٕنوسائلی
پکر زٕنو ہَچہ وَتہٕ کھسی زٕنو بائلی
بیے گانہٕ ملکس گرٕژھی زٕنوسائلی

# چھکرٕ بأتھ

سانہٕ واژہ یے جُمکہ چار دانہٕ لٔتر سیے

ڈیکہ لون پیٚتہٕ کٔس کیا مانہٕ لٔتر سیے

سانہٕ واژہ یے جُمکہ چار دانہٕ لٔتر سیے

شرمہٕ سران گوٚوے اَمہٕ گمہٕ وانہٕ لٔتر سیے

یور آیکھ دانہٕ توٚر پانہٕ لٔتر سیے

سانہٕ واژہٕ یے جُمکہٕ چار دانہٕ لٔتر سیے

بُچھ ژٔیہ ووہ شلان چھُئے شِشہٕ مانہٕ لٔتر سیے

سانہٕ واژہ یے جُمکہٕ چار دانہٕ لٔتر سیے

شانہٕ بٔڈ چھک بختہ بڈہٕ کرانہٕ لٔتر سیے

سانہٕ واژہٕ یے جُمکہ چار دانہٕ لٔتر سیے

دِل چھُ دِل پیٚتہٕ کُنہٕ وِزہ مانہٕ لٔتر سیے

سانہٕ واژہٕ یے جُمکہ چار دانہٕ لٔتر سیے

---

یہٕ چھکرٕ بأتھ چھُ مہرٕ جونہٕ ہنٛدٕ وأرہ واتنہٕ پیٚتہٕ تمبکھ نارہ پیٹھ گیونہٕ یوان۔

دارِہ بردِ لهٕ اَندره کنهٕ تھاوِہ مژه چھے
اُسی چھہ پڑاران دَے رُت ہاوی لولہ
تراوی نزُی وار نزُی وار تڑاوی لولہ

●

گُرٕ گُمٕ بچہ گوم لوہی مالے
بانڈ ہیتھ بچہ گوم لوہی مالے
گُرٕ گُمٕ بچہ گوم لوہی مالے
کڑون ہیتھ بچہ گوم لوہی مالے
گُرٕ گُمٕ بچہ گوم لوہی مالے
بے مہ ہیتھ بچہ گوم لوہی مالے
پوختہ گو از اوم لوہی مالے
گُرٕ گُمٕ بچہ گوم لوہی مالے
بختہ ڈٕبہ گاہ پیوم لوہی مالے
گُرٕ گُمٕ بچہ گوم لوہی مالے

---

یہ چھکرہ باتھ چھُ تمہ وِزہ تُمبکھ نارہ پیٹھ گیونہٕ یِوان یمہ وِزہ مہرا
ہوورُ سالرِن سیتھ نیران چھُ۔

چھپے مُبارک دوتڑ ماہ رنزیے

بوہڑ پڑاران ژاشپانڑ چوئے

ڈونگہڑ ماران ٹالیز کژوئے

ماجہ وآلنجہ ڈِکھڑ تھاو کنڑیے

چھپے مُبارک دوتڑ ماہ رنزیے

ببہ راجو آکہ کھا بوزنو

گوڈہ کینژھا بنکس سوزتو

بِشا کڈہمہ بلکل چھنڑیے

چھپے مُبارک دوتڑ ماہ رنزیے

# چھکرٕ بأتھ

ژھنی سُوٹ بُوٹ پکی بنٕز بنٕز یے
چھُے مُبارک دوٚتہٕ ماہ رٚینٕز یے
پھوفہٕ جگری مَس مُرش راوہٕ سی
ماسہٕ جگری اِسپند زالہٕ سی
سیٚندہ داتا کری ماہ رٚینٕز یے
چھُے مُبارک دوٚتہٕ ماہ رٚینٕز یے
دِوہ گوٗنَس سٔتھ لگو کرہٕ نے
کنہٕ شٔرانَس گور لگٔ پٔرہٕ نے
واتہٕ نأگرا رٕہی مالہٕ رٕنز یے
چھُے مُبارک دوٚتہٕ ماہ رٚینٕز یے
آوَے ماہ رازہٕ سانہٕ اچھ دار یے
واوہ مالہٕ چھَس ژھٹہٕ شمکار یے
نَژی وِیگَس ہَتہٕ مِیأز بیٚنز یے
چھُے مُبارک دوٚتہٕ ماہ رٚینز یے

# باٹھ

تن میاٗنۡ دِزبو تیہرے
بیدار گرشھتو نِنۡدرے
ہا یارِہ آہم دُورے
ژُورِہ لویھتم تیرِ مژگاں
سِریا کھوٹ ہم پُورے
بیدار گرشھتو نِنۡدرے
تنہ چھاوِہ تھم مُورے
مہتاب چھَس پڑاران
اَکِہ وَن نار چھُم مُورے
بیدار گرشھتو نِنۡدرے
ٹوف ہو دِژتھو لولرے
رہ پہ رسنڈی ریسی بدنس
ازلے لون نے پُورے
بیدار گرشھتو نِنۡدرے

# یاتھ

سبے مارہ کنھہ پچھے دود
کمہ سعہ نہ کوزیو جود

تاکو یزہ کرہ ہئے زچھ
ہیمھتھ کو چیر وندے جان

دزہ کرزہ مودم دود
کمہ سعہ نہ کوزیو جود

یاونہ ژیہ پینہ نئے دود
تتہ بعہ مارئے پان

ھتتس بعہ کرئے لود
کمہ سعہ نہ کوزیو جود

یابہ چون چھچہ ملک دار
ہیوان باج کشوئس

پمزژھ ہی ژیہ کنھہ پچھے دود
کمہ سعہ نہ کوزیو جود

# باتھ

مُتیو چانہٕ بَرتَل زاگہٕ
چھسے باغہٕ یمبرزَل
چھسے بَندہٕ چھیہم آغہ
ژسے پیترٕ لاگہٕ ژھٕ ژسے داس
واریٖنج میانٕہ گیجو واراگہ
چھسے باغہٕ یمبرزَل
راتھے پیٹھ ژھٕ بیٖلہٕ آکھ
وریچہ رکنہٕ ژھٕ اندری ژاکھ
دودسے مایہ کوٚرنم ژھل
چھسے باغہٕ یمبرزَل
سٹنے ٹوٗپ مُژرتھم
یہٕ ووٗنتھم مہ برٕ غم
لاگے داس ژیٖہ برتَل
چھسے باغہ یمبرزَل

بعہ تہ ہو تہ سمے تُوری
بیٹھتہ یارہ چائی جاسے
وعدہ دِ لتھ پیٹو دوُرسے
بیدار گژھتو نیندرسے

## شار (دھزل)

سورسے سزفہ گیو
تموک دزوہ گیو
اموب کیا گو جان
تمائی شودسں زنانہ
مئتے - پہ
بعہ ہا مارسے پان
معہ ہرسے رچھ ہم
تموک چیوان
دوہ ہس کیا زینان
کوہ کرہ ہیشزسے بلایہ دِمتھ
ستھ ریہ بائژو سان

●

طاقچن بسہ قچہ تہ ونجن زری یے
بُلبُل گُل دِرخ پرِی یے آو

وینسہ چانہ ناو اوس راجہ دفترس یے
فورج چھس تۆریوتےیور کیا آو

نوشتہ لِکھتے بِنیہ ماشری یے
بُلبُل گُل درخ پری یے آو

باغچہ اسہ ورنی ہتےہی کھری یے
کمرسا باغوانی بھبوری نے گوڈ

کریکھ چانی بوزم گامہ شہری یے
بلبُل گُل درخ پری یے آو

پوشہ ماڈانن ہنزی رنگہ زری یے
ژندن کجہ بیچھ زہی اولاہ ییر

زالہ لگو عاشق امی والہ بری یے
بُلبُل گُل درخ پری یے آو

بالا دِرہ پچھے رنگ کری کری یے
ژندنوی دارہ برتر دانتوی ہنگ

دزِم تَن مبہ ہئیوتمُ تاب
ژُچھم مبہ یانہ سکہ ماب
ژہِ دُور کاسس دِلکُ مل
پچھسے باغہ یمبرزل
وِنہ وہی لائِلہ تئ لائِلہ ہنزہ ماجے
عربک راجے سالس آو
باجے باجے باہ شتھہ باجے
برونٹھہ یِنہ وائلس واینہ دِرایے
الھہ داجہ شوُبی باجہ خرایے
عربکُ راجے سالس آو
کھیثون کیا دِمہ یو کالس نہ کاجے
دوہ دہ ہر لیہ لاو بیئیہ مُنتجَن
دوہ دِ کمہ دِیت یوپری دودہ ماجے
عربکُ راجے سالس آو
برونٹھہ کنہ تھاوہ برنی بری تھاجے
لُتھا کھمہ تموہ ژلہِ آمہ ناو
چینہ ہو دِژہ مے شئیہ ترسہ ناجے

دِل میون شیشہ خانہ گوژھنہ پھٹرِاونیے

ژیٚہ کیازِہ ترٛوۄ وُتھ یُن سیٚے یور

کشیرِ سکھۄ کُن وِچھیتھ روۄن یِیے

اور ما وُچھوون لُڑکاہ میون

مُژھ چھُس مژھ گرِ کلہٕ وۄدۄ ڈاہ نۄن یِیے

ژیٚہ کیازِہ ترٛوۄ وُتھ یُن سیٚے یور

نُورانہ چۄن چشم حورن ژھایے

دلہٕ قورانک آسیے بوز

یُزمنَن لرِہ لرِہ مدینس ژھایے

ژندنوِی کرِی نسس دارِہ تہٕ بَر

صوفن میمہ تہٕ کُرسیَن دایے

دلہٕ قورانک آسیے بوز

عرشہ ووتھ قُرآن بیٚنہٕ قلمدانے

کُس دیٚدہ قرآن خانے زاو

بین پنیمہٕ اوٚن یہ قرآن پانے

ناگہن لاگِہتھہ سام گرگری گرگری یے

بُلبُل گُل درخ پُری یے آو

نور ک پرتوٗ پیوہ آسمانی

بابہ بوڈ شاہ جیلانی آو

حضرت سون اوس اورہ یوانی

یورہ دراپہ حوٗرہ ونہ وانی یے

نوٗرہ چیپہ چشمو خوٗن ہارانی

بابہ بوڈ شاہ جیلانی آو

بچہ ہُند بیتنہ وول دراوروانی

از لہنز داون پھیٹرس ناو

باہ وُزی وائتم پیرہ پُرارانی

بابہ بوڈ شاہ جیلانی آو

بُدِہ مائجی کیا زہ چھک نالہ وانی

بوترہ دادہ اوش ترادائی بچس

ژھاڈنہ آیس چانہ استانی

بابہ بوڈ شاہ جیلانی آو

تس نبوت اوسے شانٕ ہُنز
زانہہ تہٕ نئے سیٖوٚد وُچھہ تسند اسمانس
جانہٕ میرہٕ مانہٕ بوز قرآنس

حضرت خدیجہ ڈرایہ مأدانس
بخشن لۄکن موہرہ تہٕ دیار
بخشن گژھہ اُمتس اوہ بیٚنہہ پانس
جانہٕ میرہٕ مانہٕ بوز قرآنس

حضرتہٕ فاطمہٕ ڈرایہ مأدانس
دُردانہ میانی مارنہٕ آیے
کربلا یاد روزنہٕ ابد ابدانس
جانہ میرہ مانہٕ بوز قرآنس

حضرت علی یس تس پہلوانس
ذوالفقار آسس اَتھس منز
جنگ کوٚرُن خایبرس کفرستانس
جانہٕ میرہٕ مانہٕ بوز قرآنس

پران چھک لہ سکٹے جانانے
اندر اندر ژاٹِر یائجی منز باگ یانے
کس دیدِہ قرآن خانے زاو

دیدِہ پننہ اون یہ قرآن پانے
شوقہ پرہ اسہ وِہنہ مستانے
علمچ زِژہ پچھے تتہ ذوتانے
کس دیدِہ قرآن خانے زاو

لا الٰہ الا اللہ سرتو پانس
جانہ میرہ مانہ بوز قرآنس

جانِ جان وِہنہ یو اُمس جانانس
ماہ رازہ جلون خانس ژسے
لعہ تہ لعہ تہ پسرکر ژراو منز گلستانس
جانہ میرہ مانہ بوز قرآنس

حضرت بلہ کس تس جانانس

وارہ پھُلنوُی پوش اَکی ہی آئس
اَسہِ داماٗنس زٔری یہِ تہٕ دوو

یُزمن باگِی اَتھ روبہٕ خانس
افسر تہٕ لیڈر بیٹھہ نے آیے
زونہ سپُھے شوُبان چُوپہ ساماٗنس
اسہِ داماٗنس زٔری یہِ تہٕ دوو

ماہ رازہ لالہٕ نِس تخت رواٗنس
لال، سوسن، چُونہٕ تے موختہ ژٔری ژٔری
بختہ بُدٔ ی نکھہ چھہ دِلتہٕ موختہ ذاتھ پانس
اَسہِ داماٗنس زٔری یہِ تہٕ دوو

اَکھ لُچھہ لکہٕ ستہٕ مجلوٗن خانس
پرگنہٕ ستھہٕ چھس ہوورِیک تایے
گرٔس چھس گوٗنڈ تے تاج چھس پانس
اَسہِ داماٗنس زٔری تہٕ دوو

دُلدُلس کھَستھ سَپُد سوأری
جنگ کوٚر شیرِ جبأری یے
خوٚچہ یارہ بلہٕ پچھکے ناوہٕ تیأری
حضرت بلہٕ پچھُے سون سردار
دیدار تمُے شُند کاسِم خأری
جنگ کوٚر شیرِ جبأری یے

دَچھہ رأنہٕ کھرُژمے کوہٕ بیابانس
اسہٕ دامانس زٔری یہٕ تہٕ دوو

یزنے مُنتنس تخت شاہانس
بختس تہہٕ نٕدِس کُس کرہٕ مان
عرشہٕ ووٚتھ لالہ کرٕتھ گنڈہٕ پانس
اسہٕ دامانس زٔری یہٕ تہٕ دوو

لأگہٕ ہنٛدہٕ داتنہٕ اَکھ آستانس
اَندی اَندی سایبان گنڈنے آیے

امرا کڈلہ کس بازارس تے
صُبح شام روزس وَتر وُچھان
براٗشرییٗلہ رُوزس وَتر کیاتس تے
گرشتے وَیسی سیے ووٗن دوان

●

یار گوسے پونیپری وَستے
کونگر پوشوَ روٗٹ نالہ سَتے
سُہ چھُہ تَنہِ تر بو چھَس ستّیتے
بار حاٗرِ جبو بوز میاٗنی زاٗری

●

سَتھِ چھی ہُنشرِ تر اُکس گرواٗجی
تام شُلہ وُن دوہ دوہ ماٗجی سے

پتہ ہے چھس ینسے ماجہ ہنشر واٗجی
اَتھ ہے چھُس لیکھتھ الف لام
عربی پرنُس لبُجُ سَتے ماٗجی
تام شُلہ وُن دوہ دوہ ماٗجی سے

زِسہ زِسہ زِس لوگ تَس لالس تے
گژھتے ویسیے وۆن دِوان

حاکِم لاگِتھ پھیرہ جنگلس ستے
فقیر لاگِتھ آنگن ژاو
کٔس پزینہ ناوہ تَس غار زانس تے
گژھتے ویسیے وۆن دِوان

اَچھہ وٕلہ کرکرس اچھہ پوشہ دستے
آلو دِی دی توتہ ما آم
ازلن لاجو تَس گِردابس تے
گژھتے ویسیے وۆن دِوان

پأنیر وٕتہ بیہتھ زاگہ روزس ستے
دۄہ ییہ یوکُن پھیرہ تَس ملے
دِیہ نادرشُن پھیرہ ہم جِس ستے
گژھتے ویسیے وۆن دِوان

# وَنہٕ وَن باگھ

دیوانخانَن وٕھتھرِن گوڑھہ سیٚی

از ییہِ لچھہ نوو پوژھیٚی سون
اَسہِ ییہ نورالدین صائب از پوژھیٚی
لچھہ کتھا اُسی کرِو سس اچھہ وٕھترِون
روزِہ نا سا بقاہ دِمہٕ ہوس کوژھیٚی

از ییہِ لچھہ نوو پوژھیٚی سون
حضرت بلہٕ اَسہ دیدار گوژھیٚی
دُچھورنے دارِہ تَل اُسی ژاران
دِل سنبہ لادون ییہ چھُہ یژھہ اوژھیٚی

از ییہِ لچھہ نوو پوژھیٚی سون
از ییہِ شاہ ہمدان اَسہ پوژھیٚی
شیرہ ٹٕیے سونٕے اَز لے لون
پیٹھہ ییہِ پٹہٕ تس من ویسر پوژھیٚی

اُز ییہِ لچھہ نوو پوژھیٚی سون

نوٹ:- یہ باگھ چھُہ یوان مہرازہٕ ییہ وزہ وَنہ وُنہ۔ پابند تہٕ مسلسل آسنہٕ کنہٕ کوزمہ یہ بیٚتھ جھصہ منز شامل۔

ہاڑی یے یورکُن وَتھ کمیٔ لائجی

ازلہ لون اندوند زورا دار

بابن شوزیے سعہتر سینز دائجی

تام شلہؤن دہ دہ مائجی سیے

بشتہ باغ وتھر وسے وچھتہ اندازنے

اسہ وُن سون ماہ رازنے آو

تمہ شبہ نیبر کنہ گیپہ آوازنے

ملکہٕ تہٕ فلکو کوٗت نور چاو

جنتس تراوِکھ وُتھو دروازنے

اسہ وُن سون ماہ رازنے آو

سُندرس منز ما بوہ ڈُبہ جہازنے

پیرہ روٗس پیرہ گژھ دردری یاو

بیرس سیدس محرم رازنے

اسہ وُن سون ماہ رازنے آو

تل پاتالکہ شاہ یُند رازنے

جگرس ستہ چھم چوٗنے ناو

●

شوقہِ سان وہِ ودسے تازہ بتازے
اُسہِ دُن سون ماہ رازنے آو

لاٰلہِ ہِشرہِ ڈیڈہِ تلہِ گیہِ آوازے
کارہِ دِشہِ گن مجلُون ہیے آو

کیتو گیہِ لتہِ مونجہِ مجلُون تازنے
اُسہِ دُن سون مہرازنے آو

کہِ شہارنے آکہ شاہ بازنے
حقہِ ہی ہِنہِ نس ژکہ تہِ دہی تراو

لیہ زِکہ محمد روز پاک بازنے
اُسہِ دُن سون ماہ رازنے آو

سالرین کالہِ کاچ گیشہ ہیتون جانزے
نُورہ مشالہِ پیتہِ ودل ہہ ہمقہ آسے

ژھانڈھو رُوم و شام شہر گرانٛئے

اَسہٕ وُن سون ماہ رازٕ ئے آو

لولِچہ تاوہِ تَل جگرٕ کہِ مازٕ ئے

یَژِھ تےٚ یَژِھ سان تی گزٕراو

عاشقو دِی تژاو اَلِھ یِیہِ بازٕ ئے

اَسہٕ وُن سون ماہ رازٕ ئے آو

نوٹ :- یہٕ بٲتھ چھےٚ وَنہٕ وہرس منٛز مہرازہ یِنہٕ وِزِہ وَننہٕ یِوان مسلسل تہٕ باقاعدہ تہٕ پابند آسنہٕ کِنۍ کوٚر مے یہ یَتھ حصس منٛز شامِل۔



گرٛ ھتےَ وِیسو یے یارٕ اَنتَن اَستےَ اَستےَ

رُوٕشتھ میہ ژٕ تٕمہٕ غوصہ طالہٕ کیا گوم تس تےٚ

گرٛ ھتےَ وِیسو یے یارٕ اَنتَن اَستےَ اَستےَ

آ عشق پننِس ناگہٕ رادس پیٚیٹھ ژاگس تےٚ

گرٛ ھتےَ وِیسو یے یارٕ اَنتَن اَستےَ اَستےَ

دِیہ مادرشن شیرہٕ گوہ لاب ہی لاگس تےٚ

گرٛ ھتےَ وِیسو یے یارٕ اَنتَن اَستےَ اَستےَ

منز وَتہٕ بیٚہہ تمٕ ژٕرہ ترہ بوزِن ہواس تے

گرٛ ھتےَ وِیسو یے یارٕ اَنتَن اَستےَ اَستےَ

یِتھ نو گرٛ ھسم شیٚرہ گیلن چھس بکس تےٚ

گرٛ ھتےَ وِیسو یے یارٕ اَنتَن اَستےَ اَستےَ

ستمگارس یے عارس بال پرٛادس تےٚ

گرٛ ھتےَ وِیسو یے یارٕ اَنتَن اَستےَ اَستےَ

ژاوُرتھ میہ ژٕ تٕمہٕ بال وَتہٕ بیٚیٹھ کتہٕ پرٛارس تےٚ

●

مۆت ہے پوشن گیوٗسے یورسنے آو
ٹنگہ پوشن گیوٗسے یورسنے آو

مۆت ہے پوشن گیوٗسے یورسنے آو
لولہ گوشن گیوٗسے یورسنے آو

مۆت ہے پوشن گیوٗسے یورسنے آو
روز روشن گیوٗسے یورسنے آو

مۆت ہے پوشن گیوٗسے یورسنے آو
یورہ گوشن گیوٗسے یورسنے آو

مۆت ہے پوشن گیوٗسے یورسنے آو
ژہنو پوشن گیوٗسے یورسنے آو

مۆت ہے پوشن گیوٗسے یورسنے آو

●

گرشھتے ویّسی یے یار اَنتن اَستے اَستے

وَپچھتو کیا گوَ شیریٖنہ پَچھ فرہادس ستے

گرشھتے ویّسی یے یار انتن اَستے اَستے

ٹانگ تالہِ لوئین پان مورُن پنینے دَستے

گرشھتے ویّسی یے یار انتن اَستے اَستے

وَپچھتے کیا گوَ لائلہِ پتے مجنُونس تے

گرشھتے ویّسی یے یار انتن اَستے اَستے

جنگل ہارَ دِ ڈتمی بیوُ ٹھ کھستہ پہیٹھ نجدس تے

گرشھتے ویّسی یے یار انتن اَستے اَستے

وُپچھ توکیا گوَ ہی مالہِ پچھ ناگرایس تے

گرشھتے ویّسی یے یار انتن اَستے اَستے

ڈُونگ دِرکھ ژول سے دودہ کوہ نڈہ منز رپاتا لستے

گرشھتے ویّسی یے یار انتن اَستے اَستے

وُپچھتو کیا گوَ زیبایہ پچھ نگارس تے

گرشھتے ویّسی یے یار انتن اَستے اَستے

بالن تہ تراگون، ناگرادن وُنی دِ ڈتی نس تے

گرشھتے ویّسی یے یار انتن اَستے اَستے

سأد صائبہٕ ودرہ تہٕ جل تہٕ لولو
وَلےٚ ترہٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو

دِلہٕ آتش ژٕلہٕ تتہٕ مَل تہٕ لولو
وَلےٚ ترہٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو

راز دِلہ کےٚ پییہٕ بامل تہٕ لولو
وَلےٚ ترہٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو

تتہٕ وَکھرِتھ فرشِ مخمل تہٕ لولو
وَلے ترہ وَسے حضرت بل تہٕ لولو



●

وَلے ترٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو
گرٕ چھہِ وَسے چھاوِنہٕ شالہ مارڈل تہٕ لولو

وَلے ترٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو
نبی صاٗبنہٕ وَسو یارٕ بل تہٕ لولو

وَلے ترٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو
تَتہٕ بیٚہہ مَو وُچھنہٕ دارٕ تَل تہٕ لولو

اَسہِ پانٕس ژٕلہٕ گانٛگل تہٕ لولو
وَسلے ترٕ وَسے حضرت بل تہٕ لولو

ژٕتارٕ بہ لِچوارِہ گرٕ شَھہ پیدل تہٕ لولو
وَلے ترٕ وُسے حضرت بل تہٕ لولو

ژُون گَیہِ اڈبرس ژھایے لولو ژھایے لولو
دُوران چھہٕ ماران گڑایے لولو گڑایے لولو

آلتہٕ ہےٚ ناگہٕ رادَس لاٚر ہیول وۄنٚ مَے لاٚر ہیول وۄنٚ مَے
پانہٕ رۄس دانہٕ گوم زایے لولو زایے لولو

آلتہٕ ہےٚ کیٚپہِ ڈارس کیٚپساوۄ مَے کیٚپساوۄ مَے
دَف تیٚنے یور بیٚیہِ نایے لولو بیٚیہِ نایے لولو

آلتہٕ ہےٚ ویرہ وارس ویرہ یَن وۄل مَے ویرہ یَن وۄل مَے
شُرِ پان کوٚرنَے ہایے لولو ہایے لولو

---

نوٹ :- یہ رۄو چھہٕ گُلکہ باتَن ہندِس گوڈنکِس جلدس منز تہٕ شامِل، مگر تتہٕ چھہٕ بیٚیہ
وَکھنے بدل-



لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائبجے لولو
لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائبجے لولو

موہ خنتہ ہار ہے روؤم دوہ دہ مائبجے لولو
لوہ کچار ہے رووم دوہ دہ مائبجے لولو

پوہ خنتہ کار ہے روؤم دوہ دہ مائبجے لولو
لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائبجے لولو

ڈول دار ہے او شم دوہ دہ مائبجے لولو
لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائبجے لولو

نقش دار ہے او شم دوہ دہ مائبجے لولو
لوہ کچار ہے روؤم دوہ دہ مائبجے لولو



مُسلہ پھوّل یاوُن میثون ہگہ ڈُرا

سَن دِلھہ گوم سُنز ژوُرا اوسس

یاوُن میثن اوس ببرے ڈُورا

ڈُولھہ کھوہ تر گُرولھہ پیوم ورزن واد

یادپیلہِ چھُم پیوان چھُم گژھان سُورا

سَن دِلھہ گوم سُنز ژُورا اوسس

یاوُن میثون اوس سوہ تر کتہ دُورا

نازنین یارُس گرایہ ماران

دوہ نارہ کھوہ تر منز کوٗرس گُرہ گورا

سَن دِلھہ گوم سُنز ژُورا اوسس

یاوُن میثون اوس تیز تند گُورا

نارہ وُزہ ملہ نبی خارہ تھاوان

جوش پیلہِ سور ویس یتھ موژیوس سُورا

سَن دِلھہ گوم سُنز ژُورا اوسس

یاوُن میون اوس کالہ بوٗمبُورا

نھرہ ییچھ چمنن گژایہ ماران

نہ چھُہ کُنہ یاوُن نہ چھُہ کُنہ نُورا

سَن دِلھہ گوم سُنز ژُورا اوسس

•

در زمین صورت شڑپان

چھَنہِ میلان دُبارہ ستے

ماجہ کورین چھہٕ جُدائی گژھان

چھَنہِ میلان دُبارہ ستے

در زمین صورت شڑپان

چھَنہِ میلان دُبارہ ستے

بائے بازمین چھہٕ جدائی گژھان

چھُنہِ میلان دُبارہ ستے

در زمین صورت شڑپان

چھَنہِ میلان دُبارہ ستے

ماگی پتِرن چھہٕ جُدائی گژھان

چھَنہِ میلان دُبارہ ستے

در زمین صورت شڑپان

چھَنہِ میلان دُبارہ ستے



باغ وَسہ وَسے خوښژ ژیرہ لولو
تور وَسہ وَسے لالیښ ویرہ لولو

باغ وَسہ وَسے خوښژ ژیرہ لولو
بارہ موټ دوہ یمہ وَتہ پھیرہ لولو

باغ وَسہ وَسے خوښژ ژیرہ لولو
سر تیتہ میتون قس منہ ما پھیرہ لولو

باغ وَسہ وَسے خوښژ ژیرہ لولو
وَلے پھیرہ شے ڈنجہ تے بیرہ لولو

باغ وَسہ وَسے خوښژ ژیرہ لولو
نیری پوش ہے لاگس شیرہ لولو

باغ وَسہ وَسے خوښژ ژیرہ لولو



موختہ ہارس چھُوبہ گرہ وَسے

ژُوبہٕ کرہ وَسے رٔڈوسیے

بأسے راجن باغ ترہ وَسے

تتہٕ پوشن چھُلیا

پأژ پانس لول برہ ثَسے

ژُوبہٕ کرہ وَسے رٔڈویے

ببہ لالن باغ ترہ وَسے

تَتہٕ وُتھرِ بتہ کمخاب

وِگنہٕ وَنہٕ ژُن کوبہٕ کرہ وَسے

ژُوبہٕ کرہ وَسے رٔڈویے

ڈل سأنس ناوِ ترہ وَسے

باغ نشاط وُچھنے

شالہٕ مارٔ منز پیالہ برہ ثَسے

ژُوبہٕ کرہ وَسے رٔڈویے

لوکچہ گِنٛز وم ہلہِ گنڈِتھ خنجرس ستے
بوے ہیے آیوم دارِ ژٔ ٹھِتھ پنجرس ستے

لوکچہ گِنٛز وم ہلہِ گنڈِتھ خنجرس ستے
آدن یارس شامہ ژھاین بوہ پرارس ستے

لوکچہ گِنٛز وم ہلہِ گنڈِتھ خنجرس ستے
بألی ژرہ وَنتے واتہ کرِتھ شہارس ستے

لوکچہ گِنٛز وم ہلہِ گنڈِتھ خنجرس ستے
منز ناگہ رادن پوش پھلی متہ بہارس ستے

لوکچہ گِنٛز وم ہلہِ گنڈِتھ خنجرس ستے

ګنډوَے ګلاسهٔ ګُلهٔ نی تَل
ګنډوَے ګلاسهٔ ګُلهٔ نی تَل

اوره ییهٔ ببه راجه دیهٔ ځے دلاسه
ګنډوَے ګلاسهٔ ګُلهٔ نی تَل

وَسهٔ وَے یَنډهٔ تهٔ کهَسهٔ وَے نیاسهٔ
ګنډوَے ګلاسهٔ ګُلهٔ نی تَل

پوښهٔ کس بب مُلج پیه فرتےَ جاسهٔ
ګنډوَے ګلاسهٔ ګُلهٔ نی تَل

بیتون کدڑی هامهٔ تهٔ زاوُیل ګاسهٔ
ګنډوَے ګلاسهٔ ګُلهٔ نی تَل

●

وَنہٕ سی ویسرِیے کیا میہ رُوٹھم غُبارہ تے
ییٚلہِ بہٕ مَرس تیٚلہِ میلوَ نہٕ دُبارہ تے

وَنہٕ سی ویسرِیے کیا میہ رُوٹھم غُبارہ تے
رُورشتھ سہ بیُوکھٹم دُورہ گژھتھ شہارہ تے

وَنہٕ سی ویسرِیے کیا میہ رُوٹھم غُبارہ تے
مَنہٕ ورِتھ ژٕہ اَنتنَ روشہ یا گھٹن قرارہ تے

وَنہٕ سی ویسرِیے کیا میہ رُوٹھم غُبارہ تے
تیٚلہِ سہ ییا ییٚلہِ آسہِ مزارہ تے

وَنہٕ سی ویسرِیے کیا میہ رُوٹھم غُبارہ تے
ییٚلہِ بہٕ مَرس تیٚلہِ میلوَ نہٕ دُبارہ تے

شژوڑ نی شژوڑ نی کژنڈس

(۱) اُکرسی زنڈس

پشداہ پچھ

منز باگ سَرس

(۲)

دزان نار

ہیرِہ وۆتھ میتگن

(۳) بعد ہیوتن ژہنگن

شال ژاو گوپھ

(۴) لۆٹ رُودُس نوۆنے

بالس بیہِتھ ہور کاو

(۵) کران ٹاو ٹاو

وُڈرِ میانہِ گنڈُر کچھ

(۶) یادِم گامہِ یچھ

نتہ چھُے پیترِ یَچھ

ہیرِہ وولُم بوبُس رنتھ

وَتہ رۆژُم شامہِ طوطہِ رنی

(۷)

تمہِ دِژ ڈانگ تِمہ دۆپ پھوٹ

(۱۳)

رجہ گبہ ژہیہ پُچھ
یا دِم بگامہ پُچھ
گوڈِہ چھُس نوّن کچھ

●

(۱۴)

اینٹ نہیں
پھینٹ نہیں
زنگہ ژور تر
لُٹ نہیں

●

(۱۵)

اُری اُری وُڑ جھکھے ہار پدماُنی
تھوّد تُلِتھ کوّڈے دَب

●

(۱۶)

بالَس پیچھڑ نارہ
ٹُوک وُہان

●

(۱۷)

ہتّو چھی مرش کوہ کراہ
ٹھوُل ترّاوان

دَ تے روّٹ واسکن[1]

سرَو خہ تَے سراہ بوّڈے
(۸) عنرس واتیس نہ تیل پھوّل اوّڈے

ٹھَپ ٹھَپ کرہ وِین دَے پھکھو
(۹) ناّلی پھےشیسترکھار پھکھو
اَندی اَندی مال پھے جوّگی پھکھو
پتہ کینہ یٹ پھے گرال پھکھو

زہ ڈاجہ ڈِجس
(۱۰) زہ وامنس
ژور دَپان ترو ترو
اَکھ چھہ دَپان گوس

(۱۱) سعہ نہ شرہ کینہ رنہ پہ شند ٹھان
یُس تہتہ تلے سہ پہلوان

شورہ ایچہ گورہ گورہ
(۱۲) کاجہ وٹس کِنتہ کِتہ

[1] تُرف

●

چھُر کہ لِہ آب
چھُر کہ لِہ ٹُونچ
(۲۳) چھُنہ کہ لِہ آب
مُود کہ لِہ ٹُونچ

●

ہَچوس گُرس زَ چھُو زین
تَہتھ کَرس کَھسے محی الدین
محی الدین — آنگن
(۲۴) ڈ اسے مَرژہ وانگن
محی الدین موُرکھ
ڈانگن — تَل

●

مرگیا
دربار گیا
(۲۵) آب ڈیشتھ
مرگیا

●

(۲۶) ارکھ تون حبانور
درختن نہ رہبانی

ہوّل گَنڈِ تھ بِٹھی

(۱۸) کَژان

کُچھِ ہنا چھم کُچھِ ہنا چھم

(۱۹) سعہ سے چھم نہ ریوان

بُھرِ رتھی زانہہ

کُچھِ ہنا چھم

(۲۰) کُچھِ ہنا چھم

تتہ چھم واتان

اکِی کھار

اورہ آیہ ہُٹ

(۲۱) تاف ڈِلیشِتھ

پھٹ

ژور تران

(۲۲) اکھ ریران

●

چیزاہ چیزاہ

(۳۲) راتس دوہس

پکائنی

●

اُتی زاو

(۳۳) اُتی کھوت

اسمانس

●

وَنس منز زیوٗٹھ

(۳۴) کُس

تہ - ژھوٚٹ

کُس

●

ٹنڈس پیٹھ تے

(۳۵) ٹنڈس لیجہ زیر

کوبُل - قندہار

ملکِ کشمیر

●

ژھوٚٹے موٚٹے قداوار

(۳۶) کژ کھا لایان زوراوار

بچہ کاٹرشی سبھٹاہ کران
تیمن بھاہ نہ دِوائِنی

●

(۲۷) چینی پیالے
آبِ دُرنگ

●

(۲۸) جایا لُزم فداوار
تھوڑ دتیلھہ لوڑی ہار

●

(۲۹) تُلی تلی تلاوہ تلی
مہراج صائبزیم گُرگڑلی

●

(۳۰) تُلی تُلی علی خان
پادشہن لُٹاوان

●

چیزاہ چھُم
(۳۱) چیزاہ چھُم
گاشُس ستہ
پکان چھُم

جسکی تونت طلا کارسے
دُم سے پانی پیتا ہے



ہیرہ ووٹۃ جندہ موٹت
جندہ ٹراُوتھ
باہ شَستھ گَکھ (۴۱)
ژھنن تشبر لاُوتھ



اَڈگَز ماَمنو
ڈوڈ گز پُوژ (۴۳)



بیرے بیرے
باہ ساس بیرے
بیرے اَکہ مٹرہ
گگراہ ڈراو
گگرسس پَتہ پَتہ
باہ ساس پُوتے

ناگہ ہنا چھم
ناگہ ہنا چھم
تتھ چھم اندر اندر (۳۷)
زاوِچ پے

تھزرہ پیچھڑے نظر ترٲوم
بوہ سرس تر پٹھس
موختہ ہارس داو ژھینم (۳۸)
پھول روؤم بادہ کس

ٹنڈس پیٹھ ٹنڈہ
کران گرنڈہ گرنڈہ (۳۹)

سر ہتوکھ تہ (۴۰)
پینزہ کانی معہ

یکے دیدم جانوارے
دریا کنارے بیٹھا ہے (۴۱)

زہ آکاشہ
پیندڑس
اکھ دیان
پشوس پشوس

•

واتل کٹس
سوشہ شند (۴۹)
ٹیشک

•

سوشہ پیندرس طاقچس
رشہ پہ سنزہ انجے
اپرہ دوپ زیرے (۵۰)
ریمہ کمو گنجے

•

پیٹھ پیٹھے ہاڑسے
پٹس پیٹھ کھرشکھے (۵۱)
موختہ یڈاہ بجرستھے

پُوتِس تہٕ پُوتاہ زاو

●

ہیرٕ وۄتھ اکھا
بُتھہٕ کٔرِتھ ترٛہ پکھا (۳۴۵)

●

پکہِ زورہٕ پھٕٹان برٕ
اَژان سٕدرہٕ بیٹھین وٕلٕ
کُلین تہٕ کٕٹین اَژان وَر (۳۴۶)
دوہہس تہٕ راتس پکان چھے
اُمِس تہٕ پنُن ژہٕ ناوگر

●

مینہٕ گیٖمس وَن تہٕ لوٚتُم
اَتھہٕ لوگ مَس تٕترٕ وۄتھم (۳۴۷)
للہٕ دان للہٕ دان گرہٕ واتنوڈُم

●

ژہٕ کِھرِس
ژہٕ کھنڈِس (۳۴۸)

# پترن ہند معنے

| شُمار | معنے |
|---|---|
| ۱ | تیل کُل |
| ۲ | سماوار |
| ۳ | پیشِس |
| ۴ | کرٛوٗڑھ |
| ۵ | ڈُومب |
| ۶ | مَس |
| ۷ | آب کھارنک طول |
| ۸ | موٚمہٕ |
| ۹ | گگرٕ پیٹھ |
| ۱۰ | دانہ ہور تہٕ دانہ وول آرس تران۔ |
| ۱۱ | زُون |
| ۱۲ | قُلُف |
| ۱۳ | پرٛیشُن |
| ۱۴ | ناو |
| ۱۵ | فس درٛینٛو |
| ۱۶ | چِلم |
| ۱۷ | کماڈی ٹینڈر |
| ۱۸ | گگرٕ پیٹھ |
| ۱۹ | یڈٕ |
| ۲۰ | بادم یا بٔیمہٕ کاشہٕ اَنٹ |
| ۲۱ | ٹُل کتُر |
| ۲۲ | چاروودے آرس تران |
| ۲۳ | ژونگ |
| ۲۴ | کیٛر دورہ |
| ۲۵ | کاکُد |

چُھتِس بُٹھس
کریہنز کاوُ
(۵۲) رتھمے کران
ٹاو ٹاو

ہکرِ بَبنہ گگرُ ژاو
(۵۳) ہیتھ کیا آو
تر کھیتھ کیا ڈراو

اٹنگر پٹنگر
(۵۴) ترٛیہ اَس
داہ زنگر

بُٹھ تنگ کھنٹ
(۵۵) کاوُ
ژلان چھم

| شُمار | معنے |
|---|---|
| ۲۶ | گگاڈُ |
| ۲۷ | ٹھُول |
| ۲۸ | دستار |
| ۲۹ | گرُن ، گاڈرہ |
| ۳۰ | گگرُ |
| ۳۱ | ژھاے |
| ۳۲ | کھول ، آرہ |
| ۳۳ | دُہ |
| ۳۴ | دُہ تر کنتر گیچ |
| ۳۵ | بُنیُل |
| ۳۶ | ہوُن |
| ۳۷ | اُچھد |
| ۳۸ | داں ہیوُل |
| ۳۹ | بنیُل |
| ۴۰ | ژونگ |

| شُمار | معنے |
|---|---|
| ۴۱ | ژونگ |
| ۴۲ | ڈوُن |
| ۴۳ | سرشن |
| ۴۴ | داں ہیوُل |
| ۴۵ | گولردار ڈوُن |
| ۴۶ | داو |
| ۴۷ | ریشتر ریکو کونڈ |
| ۴۸ | گاو |
| ۴۹ | ژونگ |
| ۵۰ | کشہ چھیچ |
| ۵۱ | بھتر کھیون |
| ۵۲ | ریکھستو کاکرُ |
| ۵۳ | لبنتر |
| ۵۴ | دانڈہ ودل تر داندہ ہوُر |
| ۵۵ | دورہ |

# گرِہ پیٹھ گرٛہُن

کیا گوم پانو کیا بنِتھ آو
گرِہ پیٹھ گرٛہنُک ہیٚنزِ نو ناو
وائلِتھ دِیت ہَم دال بوراہ
دوگ دِوان منٛز اَتھَن ووٚتھ کرٛو راہ
نِصیف رائژ تام سُے منٛز دَلہٕ ڈراو
گرِہ پیٹھ گرٛہنُک ہیٚنزِ نو ناو
اَجہٕ راژ ژراویم نِندرِ زوٗلے
ہیٚرَت گرٛیکھ دِژِم وُرنہٕ تَلے
تھوٚد دوٚتھ بے وقوٗفہٕ ڈیٚپہِ آو
گرِہ پیٹھ گرٛہنُکہ ہیٚنزِ نو ناوٕ
ہُش کیا آسِم خوٚش کلام
اَکھ لمبر تَف تَس نیٚرِتھ آم
ہَش دِیُت لگہِ یوٚ غُش کوٚٹھِ آو
گرِہ پیٹھ گرٛہنُک ہیٚنزِ نو ناو

# سٕہلاب

کار کوٚر نَے ذاتِ پاکَن وارہ تھاوُک توٚکَن
یَتھ کشیرِ مار کأتیاہ کٔرِک سٕہلابن

وادِہ اوسُے برِسوارسے اوس جُمہکُ شب
رُدُدِہ کنٕے خوٗن دوٚتھے اوس خلقَن تَب

کُل حضرات آیہ وٕسِتھ پانہٕ دِژ ہیے تَن
یَتھ کشیرِ مار کأتیاہ کٔرِک سٕہلابن

مار وأتی انت ناگن یِیٚلہِ مأرِن ژھۄہ
یورہ دوٚنُس زٕنبرِ آرَن سیٚتر شوٗبے بوہ

کمہٕ مندورہ رنگہٕ بُنگلے دأرِتھ دِتٕن بجان
یَتھ کشیرِ مار کأتیاہ کٔرِک سٕہلابن

ہلہ کوٚر نَے آبِ دیہ وَن ہری بازر ژاد
فکرِ کٔرِن شہرِ خاصص وارہ کٔڈِس تاو

نوٗر باغس مرژِہ وانگن نین ڈُوٗبِتھ زَن
یَتھ کشیرِ مار کأتیاہ کٔرِک سٕہلابن

دۄہے دۄ ہَس لوگ ہَس ژکہ سارے
گُرٕ اوس گگلت بے گارے
کھیٚنی کرٕ کیتہ بنہٕ اکھ بتہٕ پاو
گرٕ پیٹھہٕ گژھنک ہیتہٕ زِنو ناو

شہرٕ پیٹھٕ نابد بور کھورُم
گُمٹس ہتر قہوٕ ہشر واتہٕ نوُم
پھوٹ کیا کوٚرمَس باپچہ چاو
گرٕ پیٹھہٕ گژھنک ہیتہٕ زِنو ناو

اکرمہ اُٹھ تہٕ کھ کرنہٕ نوو کھ
ٹُنڈٕ بٹہٕ سورُے مُلہ ہیوٚکھ
تھَد ڈراکھ ہفتا تہٕ پتہٕ ہیوٚکھ واو
گرٕ پیٹھہٕ گژھنک ہیتہٕ زِنو ناو

حساباہ کوٚرہےٚ پیٚچھا ٹھو
سورُے حساب ختمی گو
آخر اکرمس باقی ڈراو
گرٕ پیٹھہٕ گژھنک ہیتہٕ زِنو ناو

# روگردان گوٚبرٕ

ہَشس گیِہ پرزن نوٚشس خاندار
موٚل مأج گوٚبرس گو بے زار
سب ترٕ رَب گیِہ بروبر
کُس مُژراوی سبے بُوجکُ بر
گوٚبرٕ گرِہ رُودُے بَب لوٚگ لار
موٚل مأج گوٚبرس گو بے زار
کُونس چھُنہٕ زِٹھرٕ شنز کتھ بوزان
گوٚبرٕ چھُے مأجِس کامہٕ سوزان
"ہعہ" ہیَے تھٕپُھر داراہ دیٚدی بَتہٕ پھیار
موٚل مأج گوٚبرس گو بے زار
ہیٚرن نوٚشہِ موٚنگ کانگرِہ نار
بابہٕ جوٗ گوٚر نیِہ بادِ بُخار
سیر کھمہِ بثیون تےٚ ژٕپہٕ روزی لار
موٚل مأج گوٚبرس گو بے زار

یورہ دوٗنُن امراکدٕلٕس ہم کو جگہ چھوڑ
تورہ ووٗن نٕس بُتھ پھیرِتھ ریختگ چھُم زور
حکمت بجہ ہیوٗر کھارٕے آب تراوٕے بوٗن
یَتھ کشیرے مار کاٗتیاہ کرٕی سُہلا بن

دبہٕ دبٕے حبرکدٕلٕس لاٗجرنٕے کہٕنی
مُلہٕ مدہ ژھجے پژاٹنس پیچھ واتِیا ژٕرٕنی
رزی ڈٕنڈی پان مورُے لگہٕ کتین ژھین
یَتھ کشیرے مار کاٗتیاہ کرٕی سُہلا بن

ننگل آیہ دوران ہمُتس تس سوار
کران مالہ سنگار سٕس لارہ لار
نہ تھاوٕن وٕرتھی کاتھہ نہ کاتھہ آنکہ وٕن
یَتھ کشیرے مار کاٗتیاہ کرٕی سُہلا بن

دوٗپُن کھوہہ ہاٗمس بجہ تارٕتھ اَپور
وصالت امیری سٕر ترٕووٗن اَپور
گوٗمت آب سٕرکی پیٹھی بوٗڈٕتھ ماٗتہ کھوٗن
یَتھ کشیرے مار کاٗتیاہ کرٕی سُہلا بن

●

کوٚلیہٕ ہُند ڈٕبل زین گوتس نالہٕ

کٔریکھ ناوٕن تَس تھوٚو نہٕ یخیتیار

مول مائج گوٚبرس گو بے زار

پیر صائب یکھنا مانہٕ ویرے

نیٚہش حَض وونی ژٕ ہُم بیرہٕ بیرے

منٹہ وینہٕ سوزنس لمبر دار

مول مائج گوٚبرس گو بے زار

پانژھ پاوہ موٚٹ تیٚ ساد گز زیٹھ

لَمبر دار چوٚکر دار فائلس ربیٹھ

بیوٚن کھیہ موسیر اُسر تٔمی چھ اقرار

مول مائج گوٚبرس گو بے زار

یمہٕ زمانے رُودُکھ ژٕ رسیر

کھتہٕ بیٹھ چھ تھوان پیر دسگیر

آہِ سر گوکھ تیٚ پٹھکھ موہجار

مول مائج گوٚبرس گو بے زار

اَڈ توٚن پھیرہٕ وون دانہٕ دانے

بٔرم چھس دیتمت پیسہٕ فنہٕ کانے

گوٚبرٕ دوٚدھ ماجہ کُن ژٹرٕ ہیٚنس
ژیٚہہِ ژٕلہِ رٲدھٕن کیا گوٚرھس

صُبحن بیٚہہ ناوسے لمبہ دار
مول مٲج گوٚبرس گوبی زار

نوٚب کُن دوہہٕ دِی پیٚشِو دانس
ہیرہ کنہٕ کرٕہیٚ پٲنٕ پانس
اَکھہ کھیہ مو میوٚھٹ زیوٚھٹ پلہ کرِو دیار
مول مٲج گوٚبرس گوبی زار

تُمبونس لیچہ ٹھانڈُو چھونس نوٗن
لتہ سیتو پوٗن مظلوٗم رٗون
ٹاس ٹاس دِیتنس تُلنس گنٹہٕ کار
مول مٲج گوٚبرس گوبی زار

ہَشِس چھَس نیران زارٕہ پارس
سے ژٕل کتہ روزہِ سمسارس
گرہٕ بار چھونے دوہہ پونشہ پژار
مول مٲج گوٚبرس گیٚیہ بی زار

کالچن سکھر کرٕشہہ گرہ واَلی

ساعت نامہ امی ساتہ لیکھ ناوان
ٹیٹچھ چایہ تھہوسس کران اقرار
در ملک ییٚنہٕ وائی گے اظہار
لوہ بۄرہ ہیٚتھ کوٚرہ اَنز ناوہ یکھ
اُمی ساتہ آبہ ہیٚن لدہ ناوہ یکھ
مانزہ ہیٚن لاجہ نکھ نکھ وۄتھ کار
در ملک ییٚنہٕ دائی گے اظہار
شیطھ وُہر مہرازہ وو لگو سرانس
رہبر ہیٚیہ آب تس ترووٗکھ پانس
گانس منز ژاوتے مُرژھن گیے کھار
در ملک ییٚنہٕ وائی گے اظہار
گانس منز چھہ وَدان پانی پانس
بلاے آیہ میانس خاندر کرنس
پانو وُنہٕ نو اوسے چار
در ملک ییٚنہٕ وائی گے اظہار
رحم میرسس اوسن گنے خانہ مول
سُنت آسن کرنے کوٗرنس ییٚنہٕ وول

وۄنہٕ ستادٕن وۄن شوقہٕ گُفتار

موٗل مٲج گوٚو برسس گوو بے زار

•

## "ہێنہٕ وٲلی"

یہ ہا اَسس خوش سیٚے پروردگار

در ملک ہێنہٕ وٲلی گے اظہار

لندنہٕ منزٕ محکمہ آو ژۄہداہ وُری شن

کشیرِ منز کرنہ آو ڈایہ وُری شن

یتھو وِی مالیو تُل گیٹ کار

در ملک ہێنہٕ وٲلی گے اظہار

یہ ہا اَسس خوش سیٚے کردہ خۄدا

دَتہٕ دَتہٕ ہێنتہٕ ہے وادٕ خۄدا

سرٕ دتے سعہ نرو کٔنہ ژھچہ ڈُوی دِیار

در ملک ہێنہٕ وٲلی گے اظہار

آنگنس منز جچیہ والہٕ نادان

در ملک ییٚنہِ وائلی گگے اظہار

اوخن صائبن اَتہٕ ناوَن

ژُ اَرنہٕ نِکاح اُسی لیکھ ناوَن

گُھرِ ناو رتِمَن یتہٕ گرٕژھان اظہار

در مُلک ییٚنہِ وائلی گگے اظہار

وَنان چھُے وۄستاد یا حفض پیر

دَمہٕ دَمہٕ اُسی پران توبہ تقصیر

رحمتس چانِس چھی وۄمید وار

در ملک ییٚنہِ وائلی گگے اظہار

بخت گو بیدار کارسازی

دارہ یاگُھٹی لدٕ ہی موت کرٕیون راضی

توتہٕ ژھرکھ جوراہ کرِو تیار

در ملک ییٚنہِ وائلی گگے اظہار

ٹینٹھ چاسے قہواہ کوزُن بسیار

در ملک بیئنہِ دائلی سگے اظہار

کائیتیاہ کورِہ مائلی شرم دار دڑاسے

کورین پینین پڑش ھنے ڑاسے

جل جل کُوری کری اقرار

در ملک بیئنہِ دائلی سگے اظہار

کورِہ مائلی خبر شُوز گوبرچ مارلس

پنشنن ترکر زسے بیئنہِ دائرلس

تُوڑکھ ہے خوغتنن یعہ دِسمے عار

در ملک بیئنہِ دائلی سگے اظہار

در ملک دِرنُوگر سگے نزانپاسئے

مول دوئیلقہ کورِہ کنٔ یکی پاسئے

کھارہ ہمتھ ڈولِہ تئے پھیرم دار

در ملک بیئنہِ دائلی سگے اظہار

گنٹ زوّل ڈکھوتن ہیمن بائمڈن

ژھدھن بیسُدھن اُسکر شروسن

ڈائیَن ترہِین بیسحط کوڑکھ اقرار

# مَس مُژُرن

کلہ پیٹھو وُلہِ یے سعہ نہٕ سنز بُندکریے[1]

مَس مُژرویے اَندی اَندی یے

کلہ پیٹھہ وال تَے ژٕری طاکانی[2]

پری گیا گامژ نندہٕ بأنی

لگنس ہِہتھ بہ چھِہ مالیجُویے

باغوان اوسے دِچھہ بجیے ہیتھ

کنگنی والوسے لوٚٹھ پارویے

پھُول کھارویے تِی گوٚجان

گمہ ہِرُشی مہریٖنز سُم سیٖنز ڈرائیے

فاطِمہ صاب اُسیے اَتھہ ڈالہِ نے

مَس مُژرویے بادم باغَس

دائِر ژرا وَسے ویرناگس کنُ

پھعلہ وٕرِی مَول پلہٕ وٕرِی تالو

شُلہٕ وٕرِی[3] پنینی دِیارِ یے

---

[1] اکہ قسمک تیلہ لاٹھ [2] اکہ قسمچ ٹاکچ [3] للہٕ دُون۔ مینہٕ ناوُن۔

## گوڈنیک حِصہ ۔ مُسلمانَن هُند وَنہٕ وُن

(۱) مَس مُژرُن

(۲) آب شیرُن تہٕ پوشاک

(۳) مَس کاسُن

(۴) مائنزٕ رات

(۵) وَردَن

(۶) سازٕ گرٕ

(۷) مہرازہ سُند ہووُر نیرُن

(۸) مہرازہ سُند ہووُر واتُن

(۹) سبہٕ بَتہٕ دِیُن

(۱۰) مہرازٕ سُند ہووُرِ روزُن

(۱۱) نکاح

(۱۲) دہ دہ مأج

(۱۳) کورِ رخصت کرُن

(۱۴) نوشہِ ہُند وأرِ و واتُن

(۱۵) ہزلِ تہٕ مذاق

(۱۶) زرہ کاسے

ڈاپۂ کھاڈر تیلئے زا لۓ قندیلے
کوسنے دردی سے وَنۂ ناووسیے
( وَنۂ وِنۂک یہِ حِصہ چھُہ صرف کورہ خاندرسس بیہٕٹ وَنۂ یِوان )

●

# آب شیرن[1]

سِنیلے ناگو ہِل ولو ژاوان
رِگہِ چھی سوہِ تَن دہِدہ ناوان
آب ژاوائیو کھوورِ کھوورِ
ہوورِ بِاسییے وَنۂ وان سپَھے
بابن اوُن سیے صابنہٕ سِکسَے
سِینا مل سِکسَے روزی یو
نابِدٕ کنہٕ بیہٕٹ کھو ر چھُنہٕ ٹھران
راجہ دٕماغ چھُنہٕ کَتھہِ بوزان

---

[1] آب شیرنکِس حِصس منٛز درج یہِ وَنۂ وُن چھُہ موموٗلی ژنٛہ واٹھ کرٕتھ تہٕ
برابری اکہٕ نتھ کورِ کھاندرس بیہٕٹ تہٕ تہٕ نیچوٕ کھاندرس بیہٕٹ تہٕ وَنۂ یِوان ۔

مَس مُژروےِ شالہِ ماٹر بو نین
دیدہ مے چھے رِمہ نین پَن کران

مَس مُژروےِ شالہِ ماٹر گوشَن
بَب ہے چھے پوشَن مالہِ کران

مَس مُژرویے شب براٹھی
لگِہیے اصل ذاٹھی سیے

مس مُژرویے آلہِ چھکو یے
مالہِ لاگویے حضرت بَل

خانہِ مالجی ازہ یے چھم چاٹن انوارہی
نادِ سس کرے گُل کاٹری سیے

پچھنہِ دیدہِ دوُل یے وانگہِ پنو لُے
ہشس دیدہِ لالہِ مُژ رو ودیے

مَس مُژرویے پیمبر زُلیے
کٹرانج نارہِ وُزہ مالی سیے

مس مُژرویے مثہِ پوشہ دارے
ہاٹری پھوُل مے چون ڈیکھ لون

اَلہ پاٹڈ مستس پھکلہِ ملاٹیے
گورِی ولاٹیے تنہِ اطلاس

کرُتنہٕ نالس تنہٕ گیر بانے

دیدٕ قوٗربانَے لَجہٕ یو

دتَن چھُے وتھرُن پیٹھ سائبانَے

نٲلی چھےَ کھاُلی مالہٕ ژندَن ہار

تنہٕ چھُے تحصیلدار میز مانَے

دیدٕ قوٗربانے لَجہٕ یو

جامہٕ سوٗر گکھ گنڈس تنہٕ بوتازَے

مہرازہٕ گرشحیم ہوٗوُر تام

کھتو ژھک مند چھان رٕتھ میون لوگت بو
ستھ زٕنی وُنتھی یو آب تراوٕ نے

**پوشاک:-** سورُے گنڈیو موہ للٕے موہ للٕے
دوہ زٕلے گنڈیو موہ ستّے ہار
سورُے گنڈیو تانٕے تانٕے
سوہ نہٕ سند دستار گنڈو پانٕے
اُوٕرِلی تہٕ زاوِیل پھمبہ دستانٕے
خلعت شاہی گنڈو پانٕے
وندون دیارن کنہٕ دُور گرٕہ یو
سوہ نہٕ دستارس پیٹھ گنڈیو
ڈیکہ ٹکہ مرٕ یو ژندرہ کلپوش
زیمہ کھوشالہٕ ہار گوشس کُن
ڈیکس ٹکہٕ تٕے ہمہٕ نگنہٕ ژندن
ڈیڈی اکہٕ نندُن لسی نے
استانہٕ اندرٕ تُل مکھو دُورو
بعہ گورٕہ گورٕسے کرأ یو
کُرتنہٕ نالس کجہٕ مٕے بخیے
سُخی یو ڈوکھ دِیو پھمبہ تکریس

دفترن اندرَ سے چِھٹہِ لیکھہ ناوہ یو

افسر خط تھاوِہ ناواِیو

سَتھہ چھی ژھاگی تہٕ اکہ کتہِ کامے

شاٸدی پورہ شاہِ ہمدا نٲنے

سَتھہ چھی ژھاگی تے اکہ کتہِ زنگریو

جنگلی باپہٕ رے ہتی نے

تھوٚد رَٹھُو لالو ژُمہِ کمانے

یَیمہِ زمانے رُچھی نے

ناو چھُے رحیم تے کرے رحمانے

یَیمہِ زمانے رُچھی نے

مَس ہا چھی کاسان زاٸدِ لہِ کھورے

حُورہِ چھُے سازہ گرُ سازکران

# مَس کاسُن

مَس کاسٔیو اَنِہ ہاوٲیو

زانِہ شاہ صابنہ مُجوریدو

ووہ ستےَ کارو وارہ مَس کاسٕو زہِس

موہ نِشتےَ جِرنَس بجاے تھاؤو زہِیس

ووہ ستو سیٖود رٕٹہ کھوٗر اَسابَے

پِہا چھُے گمہ ڈٔنبک دَسلابے

دآر سپَھےَ فیٹہِ وٕرنی گونٹہ چھےَ مِتری

ژِٹرٕی پھول کھو گولا بو

نَم ژٹاٲیو قلم تراشے

آب شیرٲیو ناگہ قاشے

اسلام آبادُک ووہ ستہ چھُہ اُمت

لاگہِ چھُہ زامُت راز نَسے ہونز

مَس کاسٲیو لَبے لَبے

دُچھُرنے وارسے ڈِبے تَل

ماٹنڑ لاک اُلقن تے نم نقاو خاٗلی

پوڈر کری ھی ماٗلی سیے

دوہ ہس پھیر کھے ربہ تے رودس

ماٹنڑہ گگو ری معبودس گن

ماٹنڑ ہے ماٹدو ستلہ ڈلہ ربی

پاٹدو گگ ری لاگو یے

ماٹنڑی ماٹنڑی لذ مکھے ڈالے

لاٹجی مکھ اسہ ونڑ ہی مالے

دچھ کجی کھڑشے دارہ دفتارس

راجہ افسارس چھ ماٹنڑے راتھ

لالس شیشہ کپٹھ ماٹنڑ لاگاٹی

رگو حالہ واو چھس کاراٹی

ماٹنڑے بیٹھ ہے چھے سوہ سنزہ داٹجے

ماٹنڑ ہہ بیٹھ عرجکو راجے آسے

لراہ لدآوتے ژندن دارسے

کچھ پاٹراٹوے یارنے بل

بیٹھ لرہ شوبہ ہن سعہ نڑ ورالے

یوٹ واتہ پانے پاٹغمبر

# ماٹنرہ راتھ

بسم اللہ کرتھ ھیمہ وَنہ وو سنے
انجام گرزھ انو سنے سیے
نبی صاٸبن ہیٸت سکھر و نے
سکھرت پیبہ گرہ سو نے سیے
توشہ کُھٹہ کر سے پوشہ ودھتر و نے
انجام گرزھ انو سنے سیے
نورالدین صاٸبس اوس واتو سنے
بوزہ نا وَنہ وُن سو سنے سیے
ہنگہ کُھٹہ کر ہس پزنگہ ودھتر و سنے
انجام گرزھ انو سنے سیے
ہاوسہ ناو چھے یُز مَن سو سنے
ناوِسس زوُلاہ زا لاٸیو
معہ کھسپھے جان تے ڈیکہ پھیلہ وو سنے
انجام گرزھ انو سنے سیے

تَتہِ مجلوٗنَس وٚمبر نِزیرٕٹی
پیَتہِ لاَل ٹگنن بیٹھی سیٚے
باغَس پھبجہِ ہمےَ لولہ کوٗستوٗری
اَز ہےَ لوٗگ گوٗری چوٗنےٚ سٗنز
باَی لالہ داتی شلہِ یا ژیری
وَتھرن کرِیٚ زہٕس باغس منز
تمِہ سپتو گوٗری ڈیکہ ہےَ پوٗری
از ہےَ لوٗگ گوٗری چوٗنےٚ منز
ماَنزِے موہنوِس اَتھہ ما ڈاَلے
ماَنز ہیتھہ یمبرزلے آو
سالےَ موہنس کیاہ اوس ناَلی
رتھہ ہےَ تراوِس قاَصِینے
صبحچہ پوشہ کترٕ دِگرِچہ شاسے
اَسہ آیہِ جگرچہ پُرژھی باسے
گیسےَ دالیثو گیس رَٹہ ژھاسے
اتہِ چھےَ شرم دار پرژھی باسے
دوٗرہ آیہ پرژھی باسے منزہ تزہ آرس
یوتت داژہ موٗرٹہ کارس کیتھہ

یوٗت واتہٕ نبی صاٮ۪ب صاحب یٲتنے
دٮ۪یہ کرییے لرٕ گیہِ نوٗرا سےنے
زٕنہٕ ڈٕبہ بہٕتھ پرِہ قدرا سنے
یوٗت واتہٕ پانے پاٮ۪غمبر
نوٗرالدین صاٮ۪بنہٕ دٲنتوِہ کھڑادے
پانہٕ آدٕ سعدنہٕ سٕنزِہ ناوے کیتھ
نیمہٕ کمہٕ آیے نیمہٕ چھٮ۪ے سانے
ملک کشمیر چھِہ پاٹھا نے
تھرِہ پھلٕ گوہ لاب لرِہ سانہٕ پُترییے
ازہٮ۪ے چھی لُترییے برٕتییے دوہ
سکالہٕ گوٚرے یے لوہٕوری پُترییے
بچہٕ نرِی چھِہ مُنگان تازہ تازہ ماز
وازہ چھُس سیتر سیتر خانہ مٲج پیتریے
ازہٮ۪ے چھی لُتریے برٕتییے دوہ
یٕرمن بٲپی گوٗلاب تھرییے
یچانہ کھہ تہ کسی پھلہٕ زٕرییے پوش
کرُتنہٕ نالس رلہٕ کمی جوٚرییے
گوڈٕ کمی بھوٚرییے یتھ کارس

# وَردَن

سَتھ چھی پھیرن تَے اَرکس پٔتھے زُرِیے
پُرکرِیے تانی کر ماشرڈُیسیے

وَردَنَس چانِس رَنجہ پَیٖہ ترٛوٗپیٖے
رِٹہِ پٔیے پیٹھ ژھونَے پھاووٗنے

وردَن کیٖپٹھ قلم تراشے
رنگَے بُلبُلو باشے کر

وردن چون چھُم چشم بُلبُل سیٖے
چھاوستَے اُچھَن ہِنز گارشریے

لاَچھِس یتہٕ یاَرِژھس ژورِی کرائیٖے
گوٗرِکرائیے اَرکنے رنگ

یِنزِی مَنو مِیادٕ پٔچھے آوِل
سادٕ پشمیٖن پٔچھے زیادٕ زاوِل

وردَن سوٕمبر دِتھ داوسے داوسے
ان رنگ ناوسے لاَل چھاوسے

پاہ[1] رِبنہٕ آیے گُلہو تُلہٕ ژھاسے
پُوژن پتمب ڈلاسے چھپک

دوٗرہٕ آیہ پُژھو بابہ پُژہٕ پھک نٕے چھے
بیچھے دیوان خانس پیٹھ

آسہٕ آیہ پُژھو بابہ یوٗژھ ہٮ۪ے خودایَن
جایَن کرہٕ وَ سے پوشہٕ ونتھرن



---

[1] ژھہٕ پُژھو بابہ یہ ہٕ پچہٕ سیٹھ قدرین۔ تفصیل بابتہ چھیٔ کتابہ ہُند جلد اکھ۔

# سازٕ گر

سازٔ گرٕ گٔرِ یے عشقہ پٕنپرکرییے
سازٔس شوٗبی رٕیمم زٔرٕی ییے

سازٔ گرٕ گٔرِ یے ساز کرِی پٕھ نختےٚ
سازٔس شوٗبی معہ نختےٚ ہار

ساز کر ساز کر وارہ وارہ ساز کر
یٔیتہٕ مےٚ ناز کرٕ سازٕ گرٕ گٔرِ یے

شیرِ ہتہٕ سنٛبھٲلِتھ ساز کرٕ زٔبرٕی
ژٕ یٔے چھےٚ خبرٕی خانےٚ مٲج

سازہ گرٕ گٔرِ یے ژٕیہٕ تہٕ چھےٚ نخبرٕی
زٕبرٕی ساز ہیٔے کرِی زٕہ یس

ولہٕ پٕنٕہٕ چھیٚے شوقہٕ ؤنٕہٕ داٗنی
گٔسٔے چھےٚ ساز کرٲنی ییے

سازہ گرٕ گٔرِ یے شاہہٕ سوہ ندرٕی ییے
پٕمٕ گرٕ یے ساز ہیٔے گٔرِی زٕیس

وَرِدَن ستہ مبر تھ سیرے سیرے
اَوّن تھو کزاکہ تیرسے رِکیٔت

وَرِدَن ستہ مبرُ تھ نیٖجہ مَہورسے
اَوّن تھٔوَ لاکہِ ظہُورسے رِکیٔت

وَرِدَنَس چاٰنِس زٔری گیٔہ زٕیٹھی
سٕگلے مِیٹھی کراٰ سیٖیے

یٔزٕہی منو لال پزاٰ سنے
روہنٕ وزاٰسنے پاٰیی نَس

ماسےٚ لالو رٕتی دِیار پنٕہ سنےٚ
تٕم دِیار یِنٕٹر یو تٕجھٕ بکار

خانہ ماجہ کورٕہ رِکتو ستھ سوکھٕ پزٕنےٚ
روہنٕ وزاٰسنے پاٰیی نَس

ہیٖہرَن اَنٕزیے کمخاب ڈاٰلی
سوٗرہ پٕرٕ نوٗرہ جماٰلی سیے

# مہرازہ سُند ہۄوُر نیرُن

تورہ چھہ دیٚنژِ کہہ لیوٗکھُے خطُ سی
تتہِ مأرِ گفتہِ سی راتھ لگہِ یو

وارے وارے ژندرسے وارے
ساعت نامہ دٕرِ دیو اَتھوارے

لالہ دزاو ہۄوُر جمعہ رأژی
تورہ ییہ دوٚگُن بأرِژی ہیتھ

ہۄوُر گژھنس لجہٕ یِو سکھ
پکھ پورہ کرِ مہرازو

کوٹھَس پیٹھ چھےٚ لوٹےٚ مالےٚ
ژٕہ کمیوٗ حالےٚ ہۄوُر دزاکھ

پۄفہٕ دیدِہ کوٚڈیو شربژ پیالے
رسہ چھو لالےٚ گینہہ ناگوٚے ژیر

ڈوٗرہ پیٹھہ آکھو بچھیران گامن
مأمن کڈیو قندہ شربتھ

سازٕ گرٕگرِ یے یِہ چھُہ دِسلا بےٚ
باحسابےٚ سازٕ گرٕگرِ زِہٕ بس

خانہٕ ماجہ کورے شُبہٕ وُن سازکر
لُوبہٕ وُن واتی یَنا ــــــــــ سے

یِہ ہیچھم ڈیکہ بُڈ ہاوِزٕ گرٕاَنِس
سازٕ سٕس چاٲنِس کیا چھُہ موٚلہٕ وُن

وانکن جگرٕ زِہٕ بس لال ہتےٚ معہ خُتےٚ
بخت بجہ کورہ وُ چھِہ وارے وُے

●

لونگ یو آبِ حیاتُن سگ یو
لگُر یو چھِتھو خانئے مول

لگہ یو اُتھّن تئے ناریک مالن
چھِمد لالن کیا مولہ شے

آنگنہ اندرے ہیپھڑ کیا لگے یو
شیٹھ مہر وژھیو گگر میٹھے

ازہے چھُوہ سوندرویینتی روزوے
پکاہ چھُوہ بینیہ وَنہ ووئے یے

کورہ ماجہ خط امیوکھ گوَ برہ ماجہ ہارے
ریدٹیوہ ٹھاَوکر زے دارے میچھ

ڈبلن تہ خامَن لجُوُ شُماعرری
بجہ وَتہ دڑاوے باپاڑی یے

لاڑی تہ موٹر بڑوتھٹ بڑونھٹ نڑاشے
اَمِہ خوہ تہ حشمَت ہاوَسے کیا

یورہ پیلہ گرٹھ ہم دم دارہ بہوزلم
اَم سیپارے پھیُر دی زلم

کھسہ ونہ رہا بہر زلم ڈبہ ڈالانَس
ببیہ ر چھنےَ دامانَس تَل

ہائے چھم خانہ مول دُعا منگوتوسے
داو کرٹر توسے رُوماسے لے

ہائے چھم اصل کرانکھ لاگہ ہَن واجے
ہہ ہائے چھم ماجے روزہ ڈری ڈری
خانہ مالہ گوَ برہ خانہ قاہ گرٹھ وو
آنہ کاہ دِی زلم برہ اڑہ وون

شیشہِ لبہِ ستےَ روغنی تالو
لالو بٔرک بٔرک دیوان خان

یٔزمَن چھُہ کران یٔزمَن بایہِ آلوَ
اَتہِ کیا کھالوَ دیوان خان

تہِمےَ چھی سعہ مبر ہتھ تہِمےَ سنبھالوَ
لالو بٔرک بٔرک دیوان خان

باغس وتھرود باغوان بایے
ینا ناگر راے گزاے لگہ یو

تَتہِ ووتھ ناگس پیتہِ دراو نوٗن یے
ہی مالہِ ناگر رازُن سیے آو

بُلبُلو لیجہِ پیٹھ کرِتھ گاہ گیسری
لاٗلہِ پتھ لاٗرِ جتھ فقیری سیے

دارِ کنہ درِشہ مےَ اُلہِ داٗرک داٗری
پوشبرہ گیٖی لاٗری لاٗری سیے

ہوور یو شوزیو معہ ہنیُہِ نادس
آکھا شاہزادہ وادس پیٹھ

# مہرازہ ہُندہہوُر واتُن

سرکأرِ کدلس وُزِھ ٹھٔسہٕ رایے
یوٚت ہے آو دِلہٕ ہنٛد وائسرایے

سالہٕ بن سانین کیا گیہٕ دیری
سون مہرازہٕ کوٚہ ژیری آو

آکھ سأنۍ بانہٕ کنہٕ اٚڈن ہکھ سأنۍ لی
روہنہٕ دامانہٕ پھٔھے نألی یے

ژٕمہٕ زأوِج ہا چھٔے ژُمہٕ کمانے
چشمہٕ چانہٕ آب روانۍ چھمٕ

ستہ نیٚ بے نین ہنز چھُک بایو
وَتہٕ نیٚ چھکہٕ یوٚ آبِ حیات

آنگنس سأنس ہکہ ژوہ پأری
صُبہ دار سون کپأری آو

آنگنس سأنس اندی اندی تارے
آرسے پوٚریکٕ بینہٕ وول آو

گُر پکہِ ناوسائے آیسے آیسے
بِنا ناگ گرا یسے رگُلن لگہِ یو

کورے مالِیو عقلہِ نادانو
برسس تِل ودتے ژاشپانو

تِل پاتالکو لکھ آسے سالس
دُنہِ چھم لالس مالہِ گرہ سنے

ڈوکھ چھُن تزوومت منز ژانہ ہالس
ژانہ بائچ ہیتھ ہیے سالس آو

پولاو مُتجن ضیافت کالس
دُنہِ چھم لالس مالہِ گرہِ نے

ڈوکھ چھُن تزوومت گچھہِ کُھٹہ پانس
منز شہرکہِ ہیتھ سالس آو

اُتی نون کانہ شھاہ مول کرہِ مالس
دُنہِ چھم لالس مالہِ گرہ نے

پھُس چھے گرتے موہرِ چھے تازن
کشو بیشدرازن مہرانزہ آکھ

چندہ کڈ روٗمال ڈکھ تھوٗپانس
نکھ ہیٚتھ اَمیرسے زاُمانس

شانڈپچھے شانڈہ گوٚنڈ وتھرُن نرِمی
خوچہِ سون کتہِ بیوٗتھ شرمی دار

بیٚنین ہندۍ باُیے ہیوناگراپے
بیٚتہِ ہو آیے باغ وٗچھنے

شانڈپچھے شانڈہ گوٚنڈ وتھرمن گیہ چھے
نیہ کُے تارُکھ یرہِ زلان پھُک

شیٚرین بسوہ خنوطوطہ گَے کاُلی
کھیٚنہ چھی بادام کھاُلی یے

چھپہِ ساُپلادار پوٚنبر نکھ ہنی
اَسہِ وتھرُے دَچھ ڈکھ ہنی تَل

دوٚہ ہو دوٚہ ہس ہیچھوٗرُکھ توسہِ ماُداُنی
اَتھ روٗٹ کوٗرُے سُلطاُنی یے

دوٚہ ہس ہو ہیچھوٗرُکھ ملکِ کشیرس
اَتھ داس گرُدہ سگرس سیتہ

# سیہ بتہٕ ڈیُن

وازو سیُن تُراو گُل انارِی

هارہٕ هنٔدی وارِوی بتہٕ کھیوان

پٔتِری منو سبہ پھیر بانے

رۄہِہ رۄہِہ تُراو کھ آلہٕ دانے

ترامِن بتہ تے ٹۄرین چاٖلی

کھیٚنہٕ آسے نصیبہٕ وأنی یے

کھیہ بتہٕ جگرو پٹیہٕ هتن کھیٚنو سپچھے

شُنہٕ خوشتر پرنٔی ہو چھے ییمبرزل

ستہ سِنہٕ بتہٕ ترأمی اکہ اندہٕ پولاو

گولاب تُھرہٕ هندہٕ مالے نے

وازو لجِیو وازہ باسے نمہٕ رنی

کمہٕ نۆ کرٕ سپچھے ضیافت

وازو لجِیو وازہ باسے گگہٕ ہنی

میٹھہٕ ماز کھارِی نیکھ ڈُلی رنی کیتھ

نَبَس منز پریزلان بڈی ستارے
سون ستارِے شوله ماران



کاٹھڑ[له] چھان وۆوے باسمت بۆوے

ھتاٸوے چپانے ھاوٸے سے

سال چھے پنژ ہَن سیتر چھے ہتھا

شاہِ مجلوٗ نو کتھا کر

سالر یہ سال کھیوپۆت ماٸدانَس

غوصہ وَن حضرتِ سُلطانَس



---

له اکھ دان ذات

وازو منزہ اوّن مے اصل وازہٕ ژاٚرِتھ
اُمی اوّن اَسمانہٕ اُشنز مأرِتھ

عربکہٕ وازو سِیُن نژاو حبأری
اَسہِ چھےٚ لأزِم دأری سیے

یُژی مأژنہٕ الال خانو
لوٚگ یو میتھہٕ کلیانس ساد

یُژی مأژنہٕ جِگر گوشو
لوٚگ یو روغن جوشس ساد

یُژی مأژنہٕ سعدہٕ گولابو
لوٚگ یو دودہ گوشتابن ساد

دُکھڑ چھی رژہٕ پھلِ دند ہارِ نکِ سیے
لالن گژی بتہٕ پھلِ سیے کھیے

نبَس کھوٚت اوٚبرُ تے جبَس گیہٕ گانگل
اَسہِ روٚن تھہ ہِ کیٚت ہانگل ماز

یُژی مأژنہٕ سادہٕ شاہ زادو
لوٚگ یو طبق ناٹن ساد

صُبحچ نماز کرُی تۆ آدا
جَنَتَس رِتہ دو نادا دِتھ

قُرآن سون چھُے ترٛہہ سیپارے
پانہ پر جگرہ مانہ بوزکھ

آیہ قرآنَس طےٚ کوٚرُوتھو
بے کوٚرُوتھو عمر بس تام

نبی صابَن قلم تُلوٚ تھو
تمہ سیتۍ لیوٚ کھتہ الف لام

عربی پرنَس طےٚ کوٚرُوتھو
بے کوٚروتھو عمر بس تام

دارہ بیہِٹ بہتہ دُھٹ چھی پھوران
اَسہ دوٚپ قرآن پٔران چھُک

# مہرازہٕ شُندہ ہوورہٕ روزُن

لالَس نٔیندرٕ پیٚنیہٕ ہوورہٕ گرے
کھوورہٕ لدے چھُہ آرامَس

راتَس بوزٕ تھو سازِ سنتوُرُو
دوہ تھوٗ بوٚمبوُرو گاش ہیو آو

راتَس کوُر تھو نغمہ تٔر ناچو
دوہ تھوٗ فراشہٕ گاش ہیو آو

کھہ کرٕن بانگ دِژ پیتَرمے پیارے
شُرہٕ ژٕنی گو لالہٕ رٔنہٕ مالے

کھہ کرٕن بانگ دِژ پیتَرمے وَختے
دوہ تھوٗ نیک بختے نمازہٕ نیر

صبح آو تے ژوٚل اَنہٕ گوٚنٹ سیے
شاہِ جیلانیٔ الکہٕ روٚٹ سیے کوٚرہ

صُبحچہ پرٕ لوہ پیٚنیہ سنگرمالَن
چونُندرہ لالَن پیالَن کیہتھ

وہنھ بلہ عأر بلہ دِیئت لقو ڑاکھو
آکھو شرحٹ کاکڈ ہیبتھ

نکاح نامس میل پچھے اُڈری
سٹڈرچ مسوَل گڈایہ عاران

# نِکاح

نِکہس لیکھ زِہس گرُتے گگاواہ
بِگاہ ہے روزہ ہُیس دعوٰی دار
نِکہس بیٹھی بُڈی بُڈی قاضی
گوری بب چون راضی گو

ہنُدہ پوش مو قدم کرہ پژہ پوش قاضی
ازلَن لوکمت بازی - گار
نِکاح چھی لیکھان سطرے سطرے
کونگچہ پُترے تہ عطرے سیتی

قاضی صاٸبس بادام ہَلمس
ینا ساٸ قلمس گراے لگہِ یو
صبح آوتے غزل لوگ چھوٹے
کورِہ ہُند ازل لوگ کتھ کرنے

نِکہس بیٹھی ہِم وشہ مہ راٸی
گوری صاٸنی بوہری باٸی سیے

ہَتے دودہٕ مأجی کتھ کرہٕ ناوتَن
لأل کھیاوِہٕ ناوتَن ضیافت

دودھی دودہٕ مأجی ہأر وُزہٕ ناوتَن
شولہٕ وُنی لولہٕ ہأر بولہٕ ناوتَن

دودہٕ ماجہ کیا گرٕژھ گگہٕ میوٕ لٹھ آشن
اُمیس گرٕژھ آشن دأوی دار جور

دودہٕ مأج آمٕژ وُدہٕ زالأنی
مالَن شٕترٕوٕنی شٕترٕوٕنی کرأنی

دودہٕ مأج کیتہٕ بِہہٕ پٔترٕمیس گوشَس
دودہٕ ماجہ کرٕکر تو پوشہٕ وٹھرون
دودٕے مأجی رٔنی ڈسلامے
تنتہٕ کلامے پرٕتی کرٕکر زے

دودہٕ ماجہ سانے تھٔزہ کھورہٕ بوٹہٕ چھے
کشیرٕ سٕوٹس گرٕایہٕ ماران

دودہٕ ماجہ سانہٕ چھے پوشہٕ دہانے
وُکھٕ پیٹھ وُٹھ چھنہٕ توٗلانے
تنتہٕ نأگر رایَن کیا ہیتوت وادٕے
سادہٕ پیٹھ لاگکھ دودہٕ مأجی

# دٕہ دٕہ مٲج

وٕہِتھی دٕہ دٕہ مٲجی ڈولہٕ سیتی نیری
وتہٕ لاگٕلہٕ شیری ڈولہٕ ڈول پوشس

ہتٮ۪ دٕہ دٕہ مٲجی وَتہٕ وٕہ لساوی زین
تتہٕ کرٕہ ناوی زین ساوِنہٕ توون

ہتٮ۪ دٕہ دٕہ مٲجی ہوٚل گنڈہٕ چیرے
ژیرے پوشس ہیے لاگوسیے

دٕہ دٕہ مٲج آمٕژ دٕہ دٕہ بیٚرکہٕ ترٛاوان
اَسہٕ وٕنہٕ اَچھ دارہٕ منہٕ ناوان

وشبہٕ وٕنی دٕہ دٕہ مٲج ژایہٕ سانہٕ برنے
یوٚت آیہٕ قرآن ہیرٕ آسنے

دٕہ دٕہ مٲج آمٕژ سیتی سیتہٕ مارے
دٕہ دٕہ مٲج بٮ۪ٹھہٕ ژُنہٕ دارسے پیٚٹھ

---

دٕہ دٕہ ماجہٕ چھہ کورہٕ ہندہٕ مالِنہٕ تہٕ وِنہٕ وان تہٕ دٲرِہ دِہ تہٕ۔ طوالت کا سنہ
مٕہ کھہ چھہ مبہ دٕہ شونی جاین ہُندہٕ ونہٕ وٕن یکجا کٕرِتھ۔ مہرازس تہٕ اَکس دٕہ دٕہ مٲج سیتی
آسان، مگر یہ رواج چھہ دٕہ نی کم گژھان۔

دیار لَد ہلمَس تہٕ موہرٕ لَد کابُس
وۄہ ہتی وۄہ نِ بابُس رُخصت ہے

پشمینہ دُسہٕ تہٕ ریشمکو جامے
گژھی کُوری وأتی نے انجامے

مالین آسان رٕہتھا پُچھا
لوِن ڈروے اکھ لکہ لچھا ہیتھ

اَتہٕ کُس چھُوہ سأ ژادَر رُنٹو رتھی
بِہی مال کھٹو ہتھی وأنی زین

زألی زانیاتَس منز چھکھے حوری
ژھوہ پہٕ لأجی سقۓ مستوری

اَستہٕ پھرنستہٕ وأنج وأل پھر بُرگے
بڈہ گرِیسو نی سکھۓ وأنی ورگے

گُوری لبجُو کھۓ حضرت بلہ نی
ڈلہ نِی کری زیلم ناوے سأل

گُوری لبجُو کھۓ ویرناگ گوشُس
لأژ اچھ پوشُس لول بُہ کرنے

# کورِ رُخصت کرُن

تَلے کیا گوٗر نے بُتَن تے ماجے
ژھپیکہِ بھان ترٛاوِ تے کنہٕ داجے

تَلے کیا گگہِ مٔشویٹھ گوٗر نے کرٛٲنی
گوٗری سٲنی سعہ نٕو مہ غلاٗمی پیے

اکھٕ کیا اوٚن ہئے تٕ ہٹہٕ کیا گوٗر ہئے
کمہ وَتہٕ واٚرنٕ دلو لول بوٗر ہئے
بیَن کڈمی چندہٕ دِیار ماجہ لَدی نٔنی ڈسی
تَلے کیا گوٗر ہئے ہٹہٕ سی تَل

آنگنہٕ اندرٕ ئے مٲ کر نا گرے
دِسٲ سعہ نٕو کانگرہ مال مہ کلی

سعہ نٕو سٔنزہٕ ژٕکرے رسہ پیہ وٕ لگتنے
وَسی برٕ بتنے ژٕیر ہئے گوٚسے

پیٚزی مانٕہتو تمارک مالی
ہیمش کیا مارک داری چھے

# نوشہ ہُندٕ اُریو واتُن

اوٚبرٕ سے تلہٕ چی کاژٕ سے زٕنی
اُنی سے کھٕ افلاطوٗنی سے یے

آیہٕ کھٕ بیٹھکھٕ واری وِچہ پیٹھٕ
کرِ یے بیرٕ سے لنجے واو

ہَشہِ کاعہ نیٹھ[1] اُنی تھٕ موہر بدلاوِ تھ
اَنزٕ نے ہوٚٹ چھک دارِ تھ کیا

یُزمن بائی تارِ کیا گیہ سیے
کارہ مے لُوٗس موہر ٹُکسے

ہیرٕ کھس نینے کُھٹھ بتہٕ وارٕ سے
ناو تھو تارٕ کھ ماری سے یے

ستن مندورین گُنی یکلا ہ
یوٚرت آیہ گکلاہ ادل ہیرٕ نے

---

[1] نقاب تُلنہٕ وزِ ہَشہِ کیٚت سامانہ۔ وونی چھہ اکثر یونیہِ ردان۔

کُوری لُجّی کھے رمتّشر بوبنڑ آنگن
جامَن تھاوڑزے ناہ کرٹی کرٹی

حوالے کرٹنکہ حضرتِ حقّس
ژور یار مُبارکس آسے

حوالے کرٹنکہ پروردِگارس
مسٹر چھک رسُولِ مختارس

# ہزل تہٕ مذاق

یێیتہٕ نی لالَن ہُڈی ہُڈی سالَس
تَتہٕ اوس لالَس گاسہٕ وَتھرون

مہرازٕ آوے دوٚسہٕ ٹلی دوٚسہٕ ٹلی
پھعسہٕ ٹلہٕ وُچھو توس کھرٕ ماچھس

یُژمَن بأیی نَبَس کُن وُچھتے
بَبَس خوٚنتہٕ بوڈ مہرازہ ہیٚ اوے

مہرازٕ آوے ہَسی تَس کھأسِتھ
نستے رٕسی تَس دَنتہٕ دِیُوسے

مہرازٕ آوے داندَس کھَسِتھ
بڑاندس بیٹھ بیوٹھ دأرٕ کأسِتھ

نیٚتھ نوٚن آسوہ وہتھرن دأرِتھ
وودڈہ ننگی دی تون بوہن دأرِتھ

کانہہ ڈ مال سوٚمبرمے دانے
کھوڈہ کون وُزہ ملہٕ کانے آو

ہَمیشہِ کر خٕدمت یزت چھےٚ پانَس
بُتھہ روز شاہِ ہمدانَس کُن

اَندرٕ اَندرٕ آہمو کھنِدہ کرٕ آنے
لآلہِ چھےٚ سعہ نٔرٕ شُند زانپانَے

دارِہ پیپٹھ بہتھ کارِہ وٕوٕ گنٕزیے
توسَس توٚمبہٕ کری وانیزیے

# زَرِہ کاسئے

بِسْمِ اللہ کرِ ہته ہیمو وَنہ ووسئے
صاحبَن انجام اوّن نوُسیے

زَرِہ کاسئیو وِردے وِردے
ہتھاوہ یو ژھوگ کِنہ شاہ گِردے

زَرِہ کاسئیو کرِہ مُشٹے سِوِہ یو
ہنگہ ژھوگ ہتھاگُو یوساگُد صائبَن

زرِہ کاسئیو آنیہ ہا واُیو
زاُنیہ شاہ صاُبنہ مہرا زو

زرِہ کاسئیو چِرار شریفئے
نِوہ طریقئے ژھوگ ہتھوِہ یو

---

یَتھ حِصس منز چھِ خَتن ہاُجِرتہ مَس کاسنک تقریباً سورُے وَنہ وُن موکُلی تبدیلی کرُتھ وَننہ یوان۔ طوالت کاسنہ موکھہ کوّرنہ میہ شہ سورُے وَنہ وُن یَتھ حِصس منز درج۔ میہ کُر صرف تِمے کیٚنہ ہُرکہ درج یِمَن زرہ کاسنہ سیتو خاص واٹھ چھِ۔ یا بِرہ نہہ لیکھنہ چھینہ آمتی۔

وردَن وائیؤ پھٹیو گردن
سانہٖ کورہ وَردن ژھوٹ سے گوٗ

وۄستہ کار دَپان کیا کرٕ تیلَس

مے گژھِ نیلس زِہان کَرِتھ

وۄستہ کار دَپان کیاہ کرِ چھترن

بوٚہ ہیمہ پٹیترن یَنا مے

وۄستہ کار دَپان کیاہ کرہ خاصَس

بوٚہ ہیمہ ماسَن یَنا مُے

زرہ چھی کاسان یُتھ چھی ساڑی

بَب چون چھُم درباری یے

وۄستہ کار دَپان کیاہ کرہ آبَس

بوٚہ ہیمس بابَس یَنا مے



زرہ کاسائیو وِیرِہ سبزارس
بَبَس چھی پوشہ گَنڈ دستارس

زَرہٕ کاٗسِتھ دژا کھاوٗبرہ تَلہٕ سِرِ یو
گوٗبرُ چھُک نورالدین صابُو نِسے

زرہٕ کاسائیو بجلی گاشَس
راشہٕ پیٹھہٕ بب چون اُدی آو

زرہٕ چھی کاسان دُپھونے دارِ
سادی صابنہٕ یار سے تَل

وہ ستےٗ کارو یہ چھُ شاہزادے
زرہ کاشس سائے وارہٕ وارے

زَرہٕ نِی چانِین سونہٕ سندی ڈانکی
یمہ چانہٕ زرہ چھَم گاہ تراوان

وہ ستے کارو وارہٕ وارہٕ گرٕیسو
ژھاگرس وٗرسو مہ ختے ہار

وہ ستہ کار دٕیان کیا کرہٕ کھورِس
میہ گژھن ٹورِس دَیہٕ رتہ سپیے

# مہرازس استقبال

وُشکہ ڈرایہ ہیلہ تے دانہ کر پوٗرے
دوٗر ییک بینہ وول واتے کر

ہسی اشبارہ[1] تے گرِ سوارے
ہارہ سانہ لون آو پرندس[2] کیتھ

گرِ سی چانس سعہ ترشند تازن
آہم بارُوہ[3] رازہ رکنہ

---

نوٹ:- بٹہ وَنہ وِنہ کس یتھہ حصس منز درج سوۓ وَنہ وُن چھ بٹہ گگنہ وَنہ وُن گنز راوان۔ مگر حقیقت چھ یہ زہ موقہ تہ محلہ مطابق چھ ریتہ علاحدہ علاحدہ عنوانن تل یوان۔ عنوانن ہند سلسلہ چھ مےٚ پانے قائم کورمت۔ یتھہ زن پرن والین یہ وَنہ وُن سرہ کھرہ کرنس منز سہولیت سپدہ۔ یتھہ حصس منز درج کینہہ ہرِ چھ بڑوہ نہ جلد اولس منز درج مگر موضوع نظرہ تل اَنِتھ تہ خاص عنوانن تل یم ہرِ درج کرنہ آمتی چھ یمن ہرِن اکھ خصوصیت حاصل۔ تیداد کہ لحاظہ چھ دُبارہ درج کرنہ آمتی ہرِ سیمٹھاہ کم۔

[1] بورہ ہیتھہ نہ اکھ خاص قسمُک سجاوٹ[2] ناوُ[3] کھچہ[4] دوٚیمہ درجکہ دیوتا۔ یم چھ دیومالایہ موجوب واریاہ تیدادس منز۔

# دوٚیِم حِصہٕ

## بٹن ہُنٛد وَنہٕ وُن

(۱) مہرازس استقبال

(۲) سُبہٕ بَتہٕ دِیُن

(۳) گگُن

ہُسری تیس کھُستھ مَدِہ پوٗنی[1] چیوان

آہم کھوان ناگرکی[2] پَن

سمندرس سوٗتھ دِییت زندن ہُیچے[3]

راے جوٗنے وَتے آوٗ

ڈاے ساس لوکہ یکہٕ حالہ مادانس[4]

گردِ غبار کھوٗت اسمانس

واسدیو رازہٕ نس حالہ مادانس

بھشکھ رازہ رنس اسمانس

شاہ آو حشمت سارہٕ نی ماوان

گاہ آو ژراوان مادانس

کرشنہٕ[5] مہراج آو یور ژھہٕ دأشے[6]

گندران آتش بازے آو

---

[1] متبرک پوٗنی، شراب [2] اکھ گاسہٕ ذات، اُتھ چھ بٹہٕ متبرک مانان۔ [3] بنڈ ٹھورٕ دوہس، گنڈٕ [4] گِندَن مادان، شہ مادان یتھ منز بالہٕ گِند نہٕ پییہ۔ کأشرِ کُ پاٹھِ چھ بالہٕ "حال" نہٕ وَنان [5] بھگوان کرشن۔ یہ چھ ہندو فلسفہ نہٕ دیومالایہ موجوب بھگوان وشنوٗ سُند اوتار ماننہٕ یوان۔ ڈیپان کورو کھیترکس جنگس منز اوس یہ پانڈوَن سیندِس ارزنٕ رتھ اوس چلاوان۔ ڈیپان گیتایہ ہند اپدیش ووٗن اُمی ارزنس مادانِ جنگس منز۔ [6] قمری حسابہ موجوب پچھک زوٗدا ہیم دوہ۔ بٹہٕ چھ وَری شمسی نہٕ قمری دوشوٗی حسابوٗ ترتیب دِوان۔

سُدرہ کھوت لدرہ پھول کورہ ہُند لونے
یُندرازُن[1] پیٚنہٕ وو سےلگے آو

سوہ بُھدرایہ لسی نم واسدیو[2] مو[3] گے
لدنے تورنس خاصہٕ زرباف

کنن دِیس ڈیٚنجہ ہور دوہ ڈٔرہ موہ لوگے
یُندرازُن پیٚنہٕ وو سےلگے آو

---

[1] لفظی معنے مطابق گوٚ یُندر رتہ ٹیس دُنیاہس منز سپدن وائِلس پرِیتھ کامہِ کارس پیٹھ نظر گُذر چھُ تھاوان۔ یُندر چھُ ہیٚندین ہندٕ دیوتاہن منز تمِس اکِس دیوتہس ناو، یِم ویدک دورس منز پوزنہٕ یِوان۔ رِگ ویدس منز چھِ وارِیاہن باتن منز امی سُندرہ بجر بچ دکھنے کرنہٕ آمژ۔ یِمہ کتھِ باوجود زِ یُندر چھُ نیکی تہٕ اخلاقی بجرٕ دیوتا گنزرانہٕ یِوان۔ مگر بُنیادی طور چھُ یہِ لڑایہ ہُند دیوتا تہٕ مانِنہٕ یِوان۔ یُندر چھُ تِمن نیک انسانن ہُند سخت دُشمن مانِنہٕ یِوان، یِم پننہٕ عملہ سیتہ امی سُندرہٕ پدوی تام واتن یژھن۔ یُورانو موجوب چھُ، دُنیہک سرو ناش سپدن پتہٕ پرِیتھ لبہٕ اکھ نوو یُندر بناونہٕ یِوان۔

[2] واسدیو بٔنی گوٚر تہٕ مہابھارتکس ہیرو آرزنس خانہ دارنیز۔

[3] وشنو سُندِس اوتار بھگوان کرشنہ سُند مول۔

ناوَن کۆرۍ وچھ مالِہ پوشہ وَکھرونۍ
ہاوَسے مالِہ پنتھۍ جبایو سنۍ

سوداگارو وۆلۍ کھوناوسے
موہ نختۍ داو سے موٗل کرسنۍ

رُشمکھ زازہ نہ وٲتھی وو ناوسے
سوہ بَنَد راسیہ موٗل کرسنۍ

عائشہ موٚت بب دُرچھے حشمت ہاوان
بانٛڈچھی سنتھ سُتھ ٹُبہ وایان

کنہٕ واجن چھُک مہ نختہ اُلہٕ راوان
رُمہٕ رُمہٕ گُمہٕ شیہلاوان چھُک

ونہٕ کے کھوٚرہ نتہٕ سَ چیکہ پچھونو
اُچھو ہو لوسم واتکھ کر
پوٗرہ[1] کنہِ کھوٚت کھوسری بعگوانو
پچھمس[2] کُن سونہ نہ ژٲسے نراوٗ

---

[1] مشرق۔ سہ اند یپارِ اکھتاہ کٔنسان چھُہ۔ [2] مغرب۔ سہ
اند، یپارِ اکھتاہ لوسان چھُہ۔

سالرِ سائز آیے پوشہِ وسے مانس
کھوتے داماںس مُوہرِ دو

تتہِ دزایہ شلہِ تے بوت ہے وائی شامن
وُنہ آسی جامن تاہ گاٹران

دیوتا رُودِس دِتہِ ژرکازے
رگندان آتش بازے آہ

بازرہ پوک ہم نابد کھیوان
وُنہ چھم لال چانی دودِ جیوان

بشمکھ[1] رازنہ کھوت کھوہرِ کر بو
واسدیو رازہ سے سونہ زژہ ثراو

موٗ لگے کرینکھ[2] لاگ سونہ سنزِ واجے
زین بھوَنَ چُھند راجے آو

بِشمکھ رازنہ پوشہ دِتھر دِتے
واسدیو[3] رازہ نہ جایہ دِتے

---

[1] دیو مالایہ منز اکس رازہ سند ناو۔ [2] یمہ نوعیتچ اکھ لیلا چھم گرشنہ رازدان نِشتھ لگس منز درج۔ مگر تتہِ چھم وکھنے بدل [3] تامیر بنگہ۔ لگہِ جایہ۔

مہرازہ آوٗ تےٚ ژاو بجہٕ دورے
موٗ نختےٚ چھتر[1] چھُس لورے پیٹھ

ژاکھ مالہِ واسدیو رازہٕ نہٕ دورے
بیٚینہِ آکھ بلرام[2] جمایی تے

کمخاب و تھرمےٚ وَنتے وَ تے
کامہٕ دیو[3] شامہٕ[4] صوٗرتے آو

---

کرِس سخت مخالفت ۔ دٕپان چھ زٕ " رگ ویدکۍ " واریاہ حمدیہ بأتھ چھہ اَمی سندۍ کرلیکھ مِتۍ ۔ رازہ ترشنکو ووت روایتہٕ موٗجوب وِشوامترنہٕ سیتۍ زندٕ زوٗے سورگس حالانکہ وِشسٹ جین دِژٕ اَمِس بٔد وٕتھ ۔ کالیداسنہٕ موشوٗر ڈراما شکنتلا ہنٛز ہیروین شکنتلا چھہ اَمی سنٛز کوٗر اَسمژ ۔ یوٚسہٕ مانیکا یہٕ اَمِس زامژ ۔

[1] اکِہ ریٚچ چھترہِش یوٚسہٕ پوٗشن ہنٛز چھہ بناوٕمژ آسان ۔ [2] بھگوان کرشنٕ سُند بوٚڈ بوے نہٕ واسدیون نیٚچوٗ ۔ [3] ہندو دیومالایہٕ موجوٗب چھُ کامہٕ دیو محبتہٕ کِس دیوتہس ناوٕ ۔ یہ چھُ ہندو دیومالایہٕ ہُند اکھ دلچسپ تہٕ دلکش کردار ۔ سنسکرت ادبس منٛز چھُ یہ اکھ مستقل کردار ۔ پوٗرانو موجوٗب چھُ کامہٕ دیو برہماسُند سنتان ۔ دٕپان اکِہ اَطہِ کوٗر کامہٕ دیون بھگوان شوٕ سخت ناراض تہٕ تمۍ کوٗر اَمِس سوٗر ۔ دٕپان اَخرس زاو یہ بھگوان کرشنٕنہٕ گرٕ دُبارٕ تہٕ پردمنٕ کوٗر ہس ناو ۔ کامہٕ دیو چھُ اکثر نیشکریچ کمان اَتھس منٛز پوٗشن ہندۍ تیٖر ہیٚتھ ہادنہٕ یوان ۔ یہ چھُ اکثر ژرٕ یا طوٗطس پیٹھ سوار آسان ۔ اَمی سنٛز زنانہ چھہٕ رتی یُس کاما کالاتہٕ وَنان چھہٕ " ترشنا " چھہ اَمِس کوٗر تہٕ انوٗرادھا نیٚچوٗ ۔ [4] یُس ہلکہ نیلہِ رنگہ آسہٕ ۔ بھگوان کرشن چھ دٕپان اوس شامہٕ رنگہٕ ۔

سۄ ژٕ ہشرِ ناوے رٕ ہ پٮ۪ نڈرکہ ہم چھی
نم روز گنپت[1] صابَس کُن
باغَس سأرٕس گُل پھُلرِ تازٕ ے
سۄ ژٕ کورٕ معہ ختہٕ مہرازٕ ے آو
رازٕ ژ ے شوٗبِ دیوی[2] بٔل کھارٕن
گاہ پیوٚ دارٕ ن ژٕ دروازن
پأری پأری لگر[3] توس رٮ۪ تھ سوارے
مہرازٕ رازٕ کو مارے آو
ٹُوکھ آیہ ژٕرٕ کہ تتہٕ اژن کمہٕ دوارے[4]
وِشوامِتر[5] ژٕ کورے آو

---

[1] اکھ دیوتا یُس مہادیوس تہٕ اُوما یہٕ ہُند پُتھر مانٕنہٕ یِوان۔ [2] دیوی ہٕنز جاے۔ سۄ جاے یتھ کانٛہہ دیوی ہٕنز زیارت آسہ۔ [3] اکہٕ قسمُک گُگر [4] دٔلتھ، سڑک، کوچہ [5] وشوامتر چھ لفظی معنے گوسارِنی ہُند دوست مارکنڈی پُرانس منز چھ لیکھت زِ وشوامترک مانے چھ سارِنی ہُند دوست نہٕ آسُن، مگر لیکھن والین ہٕنز اکثریت چھ گوڈنکس معنیس سیتی اتفاق کران۔ وشوامترس چھ بذاتی کھتری اوسمُت، مگر کرمکہٕ زورہ ژاو سُہ برہمن ورگس تہٕ برہماجین ووٚن تَس بانہٕ مہاریشی (بوڈ ریوش) مہاریشی بٔنِتھ تام پیوٚ ارٕ مس اکھ دُنیاہ مُنٛتھرٕ تہٕ مہاریشی وِششٹ جین

رازٕ سے بیہ سپنزٕ کر رازہ کو ماٹری
تازہ روز رازہ پٕیٚنہ وول ہئے آو
وِشوامِتر بُبس تےٚ مانیکایہ[1] ماجے
دُور قند ہارُک راجے آو

پادشاہ گُوری کھوت یے ٹارے
وزیر دوتےٚ دارے تل

یارہ بل واٗژی بگو تےٚ ڈُولی
زنک[2] رازٕ نی گوری سپے
رامس[3] لچھمن[4] پوت[5] مہرازٕ نے
دشرتھ[6] سٕنٛے شاہ زادے آو

---

[1] دیو مالایہ ہٕنز اکھ اپسرا یس شکنتلا زامژ اُس [2] مہاراجہ جنک ہیتا ہٕنز مول [3] بھگوان رام - اُمِس چھ بُٹھ اوتار مانان - رامایِنس منز چھ اُمی سٕند تفصیلی حال درج - [4] بھگوان رامہٕ سٕند بوے - یہ اوس سمترا ہٕنز زامُت - [5] بڑوہنہ کالہ اُس مہرازس سےٚتہ بیاکھ مہرازٕ رٕوان ، یُتھ زِن اصل مہرازس ہیوٗر بوٗن گڑھنہ کِس صورتس منز کھاندر اُڈہ لیتُک روزہ ہے نہ - [6] مہا راجہ دشرتھ ، بھگوان رامہٕ سٕند مول تہ اجودھیایہ ہٕند رازہ -

اَنہٖ ڈٕبہٕ ژٕنڈ رِتے کٔس معہ خُتہٕ زٕورٕ[1]

معہ خُتہٕ چھٕتری چھُنے لورے پیچھٕ

کمخاب وتھر ہُمے دورے دورے

پیچھٕ بانہٕ چھِ گورے آو

آنگن ژاکھ مالہٕ لگنکہٕ ہیتے

بھُوتن دِیُو مالہٕ رَتے چھٕف[2]

ہٕنزِ تِس جانِس تھُز انبا رِی

پرٕژھو تو سن کُہ بازارِی آکھ

اُڈی آیہٕ وٕہٕ کھُلکھ[3] تے اُڈی رنگہٕ ناوَن

ہاوس گیر آے کھراون پیچھٕ

واسدیو رازہ بہٕ ہانکلہٕ تھُس گو

حِس کرٕ دُنیادار ہے آو

---

[1] زٕونگہ تھاونک سٹینڈ۔ اَتھ چھُ تلہٕ ژوٕک آسان تہٕ منزس چھُ آسان لور کھرِ ٹا۔ یتھ پیچھٕ ژونگہ یا بتی چھُ تھاونہٕ یوان۔ زٕورہ ہُند استعمال چھُ وٕنی کم گومُت۔ گامُن منز تہٕ چھُ یہ وٕنی خال خالی استعمال سپدان۔ [2] بٔلہ۔ آس تھِیب۔ قوربانی [3] پکان پکان، پھٕتھری

پمپوشہ پادوٗ[1] سادہٕ شاہ زادو

باغس منٛز ناگہٕ راداہ[2] وڑاو

تو ہےٚ تےٚ اَسہ کرٕ پانہٕ وانٛز دوستی

پوٗستینہٕ[3] نٮ۪رٕ آسے اُلہٕ راوان

سوٗنہٕ سنٛزٕ کمانہٕ تیر تراوِ کٔشے

بروٗنٹھ دٲلہٕ دَشے راواٗسنے

سوٗنٛز ژاو آنگن سونہٕ سٔنزٕ وٕتے

سۭنس موکلیوو اَتےٚ گتھ

پر باوٗ تی ہندہٕ پڑزاپتو[4]

وچھمک وَتہٕ تےٚ کوٗ پچھے آسے[5]

پلا دار پوشیر پچھے مالہٕ نکھ نی

تام روز دَپچھے ڈکہٕ نی تل

---

[1] کھوٚر [2] سوٚ جاے یتیٚن ناگ نیران آسہٕ تہٕ اَندرٕ پٮ۪کھ آسِس سبزار
[3] اکہٕ رٕنٛگہٕ قمیض [4] پڑزاپتی ناوُک لفظی مانے گوٚ زندہٕ زاژن ہُند سردار۔ ہِندٕ دیومالایہِ منٛز چھُہ برہما جیس تہٕ پرزاپتی وَننہٕ یوان۔ مگر یہِ ناو چھُہ تِمن مہا رِشین یا دیوتہن دِنہٕ یوان، یِم برہما جیَن پٲدٕ کٔری تہٕ تِمو کوٚر سورُے سامانہٕ ہیتھ یہِ عالم پٲدٕ۔ منو چھُہ یتھین دہن پڑزاپتین نسبت لیکھان، مگر مہابھارتس منٛز چھِنہٕ دہہ ورے کینٛہہ گنٛزرنہٕ آمتہٕ۔ یتھ پٲٹھۍ چھُہ پڑزاپتی برہما جیس تہٕ زُوِہ ذاژن درمیان اکھ سوٚ قدشہ زیٹھ وٕمر

پادشاہ کوٗرے کھوٗت ییٚ ٹارے

رامہٕ جُوٗ دوٚتے دارے تل

سأنٕز سعہٕ نہٕ کوٗری پیٚہ تمے سعہٕ رنے

لوٗنٕ[1] چوٗن دوٚتم برنے تل

واسدیوٕ رازٕنی تھیٚچھو انباأری

گوٗبرٕ چھک بلرام جی یو نٕے

کرشنہ جُوٗن کرٕہ یوٕ پرندہ سواأری

پرٕہٕرٕ ھی توس کرٕ بازاأری آکھ

سعہٕ نی ژاو آنگن وکھرکر توس پیٚنٛچھے

لنجہٕ سان زافل[2] بدلاأوی توس

بیٚنہٕ[3] ژوٗل رازہٕ سنٛدہٕ زینہٕ[4] زیہ سیتی

دیہ سنزہٕ نیہ[5] منزٕ طوطے ژراو

سأرس باغس پوٚشے گوشاہ

پوشن پیٚھٹ پوشہٕ نولاہ رٕیوٗکھ

---

۱ تقدیر، قسمت ـ ۲ جھرازہ ـ خاندار ۳ اکہ قسمک میوہ، یُس اکثر مذہبی رسوماتن پیٹھ بٹہٕ ہوٗنس لاگان ـ زافل چھ بٹہٕ یا تہ قسم ونہٕ کرنس یا گندھافس پیٹھ بدلاوان ـ اگر یم دوہ شوٗرے رسم پورہٕ ریٚن نہٕ کرنہٕ ییلہٕ چھ کھاندرس پیٹھ زافل بدلاوان ۴ خوف تأبت ۵ جہر بأنی ۶ مرگ، پوٚشہٕ ماگدان، رٕیوٗر ـ

# سَبہ بَتہ وِیُن

رِچھی مَکھہ کرِ دہ ستے چھِہ ہَمے ٹاہٹھی
وَتھُرمے کرِشن مِشہ رائٹھُن تَل

ژھاٹنڈٕ ہتھ بَرہ ماز وول مےَ نیرے
وتھُرمےَ وِیرے وارَن تَل

پھشمکھ رازہ ہنز سوداگارو
ناران[1] جُوہ نِی وُ چھِنےَ ساتھ
بِہَن رِچھی مرِش رازہ کمٲ[2] رِی
سَبے وَتھرے اسطےَ لاس

وَس مالہ سونِیو بَتہ شمیرہ ناوے
باسمتہ پولاو شٹیہلا وَسے
ژندنوہ کرِ[3] تھجے باسمت پھریے
کھیرے کھنڈے تھال بریے

---

۱ اَکِس دیوتا سُنْد ناوْ ۲ کورْ ۳ بُڈ ڈاکِر

تتہ ڈرا یے شلہ تے وتہ بیٹھی وننی
سوہنی کڑی تو بیہنس جاے
چیرہ گنڈی ہول ژری ہے ارن ڈتیے[1]
سمیرہ[2] پربت سون آنگن ژاو
سوئی ژاو آنگن جاگیر گامن
جامن ڈچھو توس زیبائی
کورہ ہندر واڑوی ساڑی تھکنے
چھکھے کوری گنڈی گنڈی کمربند

پیوَ مالہ دسی لو دیو دوہ سہ ہٹیے
سانہ چھوہ پھلے نٹو بڑی بڑی
واسدیو رازہ بہ یمبر زلہ پٹیے
طاقچن تھاوی مے تاہ کری کری
شاہ[3] آدہ سعہ ندرہ لوکن لگی ٹھٹھریے
سانہ چھوہ پھلے نٹی بھری بھری

---

[1] اکس دیوی ہنشدناو [2] دپان سلسلہ کوہ ہمالس منز چھ یہ اکھ سوہنر پہاڑ، روایت چھ دیو مالایہ منز موجود [3] بہتر چھ مہرازس شاہ نہ ونان۔

سَتہٕ چھُوہ بہتھ وُلسا[1] زامے
گُلَیس[2] پژژھ توس ساد[3] چھا جان

دَشرتھ رازَن ولیا زادَے
گُلَیس پژژھ توس ساد چھا جان

واسدیو رازہٕ نہٕ ہا جگر گوشو
روغن جوشس کیٚتھ چھُے ساد

اَسہٕ دوت سورُے جاگیر مُفتی
کُفتس پژژھ توس ساد چھا جان

اَسہٕ کرٕ تہٕ یہ کرِ کوٹھ نگہ ترکاری
کھیٚو مالہٕ بَھتہٕ ہَن سارٕی ییے

مأج پارٕ لجو یو زامنین چانین
ژامنہٕ وَن سأساد چھا جان

بھشمکھ رازہٕ نہٕ سوٚدَے بڑاریو
دوٚدَے ندرین ساد چھا جان

بھشمکھ رازہ نے خانے مالیو
دَمے اُولوٗ واٗتی مو

---

۱ رٚیشو پتھر، رٚیشمن ہندی شُری۔ ۲ لیٚدرٕ تراٗوِتھ روغنٕ ماز یا موجہ
۳ مزہ، لطافت، موجب۔

اَسہِ رُچھی کُورا تف[1] کرِتھ کرُکری

بَتہٕ ٹاکی تھاوِتھ دَزِتھ بَرِتھ بَرِتھ یری

اَسہِ کیاہ تھۆہ کیت رۆشت آسے

ہانزِ بَرہٕ دوہگ دِتی سوگہ دا[2] سے

خاصن کیت کوتہ باسمتہ پولاو

مِیتّرن[3] کرِ رُتی چھتر سے[4] ہار

اَسہِ رۆن تھۆہ کیت سرتلہِ باتن

یہ چھہ میون ماتن ضیافت

اَسہِ رَتہٕ تھۆہ کرِ شتھ ترکاری

میٹھو پالک بیچہ دودھ وانگن

نیرہ وول دودپل[5] ہاکھ زیرکہ لوگ پاکس

کھیتو حالہٕ بَتہٕ ہن ہکسں سیتی

سوٕرگک[6] پوزن[7] دودھ گلہاری

اَسہِ رُتی کھنگہ ترکاری سے

---

[1] تپسیا۔ عبادت [2] دانیک اکھ قسم [3] دوستن پنہٕ نین، متر گو دوست [4] اکھ دال قسم، یعنی چھہ یہ خال خال دوہ پداونہٕ یوان [5] اکھ جنگلی سبزی دیان بڑہٕ شہہ کالہٕ اُسی ریشو مُتھی پیٹھ گذارہٕ کران [6] سوٕرگ۔ جنت [7] خوراک۔ کھینک ساماتہٕ۔

یم چھی واسدیو راز نی لاسے
یم کیتھہ روزن پیالے ہیتھ

کورہ ہندہ زینہ گے کم سہہ شاے
اَتھن کیتھ چھی مس پیالے ہیتھ

مَنہ بڈ کر مازتے ترکہ بڈ کر لیڈرے
دوری[1] بب پچھے سب ہوران

مَنہ بڈ کر مازتے ترکہ بڈ کر لیڈرے
واسدیو رازہ پچھے سب ہوران

واسدیو رازہ نہ لاسے لالو
سوہ نہ شند دندہ کھلائے پچھے

اَتھس کیتھ دِتو مے امرہ تہ[2] دونی
تچہ رکش درژ مے ژندن لش

واسدیو رازہ نہ بالہ گوپالو[3]
ناگریہ پن کھور تھالن کیتھ

چنین کیت امرہ تھ سفارہ تھالو
لاس کیت کھور سے ناگری پن

---

[1] اکس جانورہ شند ناو [2] آب حیات۔ متبرک پونی [3] بھگوان کرشنہ سند اکھ ناو۔

بھشمکھ رازہ بنہ الال خانو
خوبنو زیرن ساد چھا جان

مأنج پأری لجُو یوٗ جانہٕ کتھہ بنی
دودہ کنہٕ گچھہ بنی کیتھہ چھُے ساد
مہرازہٕ چھُمے اَسہ وینہٕ ہمہ نگنی
اَتھہ معہ نجہٕ یکھنے ساد چھا جان

دکھہٕ نٲبہٕ مرژتے اُلہٕ دال پھینی
پوٗتھپرک کونگہ دُپیارنے چھُے
اَسہ کرٕ رازن ستو دوسدارٕی
رازہٕ سون کمہ شہارٕی آو

اَسہ رُنی ہندتہ لسہٕ[1] درمہٕ سباٹے[2]
کرشنہ مہراجنہٕ یژھا سے
کُٹھ معہ کلا ویُون نجل کرد پاسے
کرشنہ مہراجنہٕ یژھا سے

پھیکین بیٹھ چھی مالہٕ پھمبہ دُشالے
اُتھن کینہ چھی مس پیالے ہیتھ

---

[1] اکھ وُسنی سبزی [2] جماعت، مجلس۔

تازہ تازہ بوزن رتنے آیے
مازہ روسس ہنڈرہ روڈکھؤحاجت

رازہ بیٹھو سبہ وازہ باگرنہ ڈرایے
کرمہ وان درمہ سبایے بیٹھو

بوزن کھیتہ یٹلہ آنگن ژاسیے
ژفت[1] گے تہنرہ سیواٹے[2] سیتو

تنہ متہ لگن ووہ ذ دارہ پوزاٹے[3]
کرمہ وان درمہ سبایے بیٹھو

سوذ سوذ بیٹھو وو منز پوشہ وارے
کار ووگ مارے تر بل بولس

واسہ دیو رازذ گاٹج کوری
پاٹیو مسند[3] کرہ نوو سیے

واسدیو رازذ وانجہ کوری
مسند وتھرسے کاٹی بیٹھ

دیرہ چچر بولان پرباتہ[4] کالس
تتہ کوز مسندہ لاس کیٹ

---

[1] خوش، شادمان۔ راضی [2] خدمت، فرمانبرداری [3] تفصیل چھپ بروںنھا درج [4] پربات، صحیح۔

ترێشہِ کنہِ امرہ تتھ گلہِ گگہ چاؤی تون
بالا دَرہ پیپھٹ بیہہ نائوی تون

ناران جُوہِ سنے گنگہ[1] زل چاؤی تون
دشرتھ رازہ سنے بیہہ نائوی تون

بھشمکھ رازِنی زُنہِ ڈب ہاوی توکھ
بالا دَرہ پیپھٹ بیہہ نائوی توکھ

یم دِتی شاہ زادہ سائنی چھِی بوان تے
یہ پڑھو توکھ مسندہ کتہ دُنقرو کھ

مہراز سس پیتو سالہ آ سیے
کرمہ[2] وان دَرمہ سبا[3] سیے بیٹھی

پڑھہ سان پڑھہ سان بیٹھی شروژ جاسیے
پڑھا یہِ بوزن تھک تیار

خوش گوسے ایشرہ ئی پڑھا یے
کرمہ وان دَرمہ سبا سیے بیٹھی

---

[1] گنگا یہ ہندی پونی، ہرکیاہ یہ چھِہ کتبرک مانہِ یوان [2] ہیو رژ عمل کرِتھ پتُن تقدیر اُتھس منز رۆزٹ۔ مرداں مومن [3] پرہ چھ مجلسہ۔

ڈلیے موہرہ ڈینجہ ہوّر گوٗرٹے بعبہ گوندری

چھاوہاہم سحہ ندری تۄ کرٛئے ماہوہو

وۄیوگ[1] لیوٗکھےٗ سَمہ سَمہ جاسیے

پننہ پانہ کرشنہ بھگوانٕ نی

وۄیوگ[1] لیوٗکھوٗ سیے سَتے رٔنگے

رٔنگے او سیے پرمیشور

وۄیگس چانِس شرٛاہ گرے

ماٗشر تے مرید[2] برآسیے

وۄیوگ لیوٗکھوٗیو جانہ دار کرٛتھ

پانہ بھگوان او سیے لیکھاٗنے

وۄیوگ لیوٗکھوٗیو لال انٛبارٕی

موٗرت[2] چھے کرشنہ بھگوانٕنی

وۄیگس چانِس اندلہ دتھر

شُتھر سے ہیوٗو پادَن تَل

---

[1] مختلف رنگن ہنٛد آنگنس منٛز ترووٗمت شہ منڈل یتھ پیٹھ جہرانٛزٕ تۄ ہارٕ جہرینٛز مشرقس کُن بُتھ کرٕتھ روزان چھ - جہرانٛزس چھ جہرٕ ینٛز کھوٗرٕی کنٛز روزان [2] چونہ سنٛد شکل وصورت -

ژسے کیٚت منندہ کوٗرمے شامۓ

بَبَس چھےٚ رادسے شا[۱]مےٚ ناو

ژسے کیٚت وتھرن کوٗرمے کالۓ

بَبَس چھےٚ لالہٕ گوٗپالۓ ناو

چھسہ ذکری رژہ نین تۓ فرش کری اونگن

وتھرمے بادشاہ گُبنگن پیپھ

کوٗرہ کو مارہ چھہ پازیب[۲] کھورن

دتھرمے شہجہن بوٗرہ نین ٹکہ

وَردنس جیانس سوہ تر پُتتہ[۳] کاڑہی

کوٗرچھک بلرام جی یانی

ڈکھس چھےٚ کرشنہٕ جوٗبب دَشہٕ راوان

کوٗری چھاون بیٛرٕ ژھی سنے

وَردنس جیانس سوہ سندی ٹیکو سیے

ددہ نتی ڈیچہ ہچُیے گنگنس کھس

گہنس جیانس رنچہ رنچہ ھونرسے

کُسےٚ کوٗرہی ہیڑےٚ کھےٚسونرسے وان

---

۱ رادایہ مُنند شام مطلب بھگوان کرشن ۲ اکھ زیور یُس کوٚڈن خرزبند چھہ روزان
۳ ٹوپیہ گکام

واسد یہ رانہ زِ گگ گے روشن
لسُخ نَس تہٕ کرٕنس پوہ ترٕے کار[۱]

دیو کی ماجے دِل پچھے توشن
بجھے دن پوشن پھلیا جان

ادرہ آو ناران اَسہ ٹوگ شیرِ[۲] سے
تیز وُس زرہ ہے آلہِ ناوِس

رٔت نے سرس دِز تھے ژھالے
رٔت[۳] نے ژام نگجہ آ لے وُس[۴]

دیو کی ماجے دِز تھے ژھالے
رٔت نے ژام نگجہ آ لے وُس

---

۱ گوٗبرٕازی - خدمت گذاری یوسہ گوٗبرس مأرلس ماجہ واتہٕ کرٕنی ۲ قبول کور - پسند کور - کلس بیہٹھ دِزِ ہس جاے ۳ توٗ ملہ آٹکی بناو ہتی ژامنگی یم تھالس منز توٗ ملس سیتی تھاونہٕ چھ یوان تہٕ مہرازس تہٕ مہرینہ کلہٕ بیٹھی چھ ڈالنہٕ تہٕ پھرہ دِنہٕ یوان - یم ژامنگی چھ یژ ٔمن ہلاسے مہرازس مہرینہ کلہٕ بیٹھی پھرہ دان ۴ پھرہ وُس ، ڈالس -

وِگس چانِس سۄنہٕ شٔرہ ژٔرۍ

مرہ کرِ ہپوشہ پمپزلان چھُک

وۄگ لیو کھوٚیو کوٗنگہ تےٚ یٔندرے

یٔندرازس کر نمسکار

وِگس چانِس کرِم پوشہ تھٔرے

گھرہ لیو کھےٚ ہرہ ژٔندرانہٕ آئی[1]

رٔژھ رٔژھ لیو کھے کوٚشہ کرہ وۄگے

راجہ ریتہٕ ماجہ تھٔوِ وِگس پرٚاس[2]

وۄگ لیو کھےٚ دیوی ماجہ تھٔوِی دچھنہ[3]

مالی سندہٕ اچھن منزہ گاشرہ

وِگس چانِس گل سگے روشن

چھکھ ژٔن پوشن پھولیا جان

---

۱ ہندو دیومالایہ منز چھُ راجہ ہرِیشچندر اکھ ڈرمہ وان تہٕ پژ یِر رازہ ہونہٕ آمت۔ امہِ رازن اُسی تیتھ سۄ کرم کٔرمتہ تہٕ یندرازس اوس خطرہ پاُدہ گومت۔ تمۍ اَنہٕ ناد اُمس وِشواحترس اکھ بڈٕ سختی، مگر آخرس گوٚو نتہٕ ناکام۔ ۲ شہ تول یُس وِگس پیٹھ مہرازس تہٕ مہربیندِ ڈاکین منز بروٚنٹھ کنہٕ تھاوان چھُ۔ ۳ دکھنا۔ سہٕ معاوضہ یُس گورس رسم بکھ والنس بدل دِنہٕ چھُ یوان۔

مہرازہ آو تےٚ ژاو بجہ برنے
پاٹھ پوٗتھو[1] وائلی توس پرنی کرٛتھ

بھشمکھ رازٕے ژاو بجہ برنے
کورہ آو واسدیو رازٕ نے

بلرام جی نے بینہٕ آو ورنے[2]
پاٹھ پوٗتھو وائلی توس پرنی کرٛتھ

مہرازہ چون آو برتھاو وُتھی یے
لتیے سینا پتیے[3] آو

واسدیو رازہ تہٕ برتھاو وُتھی یے
بھشمکھ رازہ سینا پتیے آو

کوٗری کمارِی نیتندرے وُزتے
ارزن دیو دارے پوٗزے آو

سرِیہ آو سوئے ہسی ترِس کھٕتھ
وٕستھ تہٕ کرٛس ماگلی دارہ پوٗزا

---

[1] کتاب۔ بٹہٕ چھہ عموماً پاٹھ کتابن یا اتھہٕ سیتھ لیچھمژن کتابن پوتھہ وَنان [2] نیترٛنی کرٛتہٕ [3] سپہ سالار۔ فوجک زیٹھ۔

# دارٕ پوٗزا[1]

گھ ڈٕہ آو ناراں کل شٕچہ[2] وٕزسے
اد آو وشست[3] جی دارٕ پوٗزسے
گنیت صائبنہٕ ہا جبل دستو[4]
دستو کرٕ یو دارٕ پوٗزا

---

[1] ہیورِکس گرس منز اَژنہٕ بڑونہہ چھ مہرازس تہٕ مہرٕینہ دروازس زنشہِ پوٗزا کرنہٕ یوان۔ اَمہِ وِزہ چھ اتھن گورس علاوہ یِزمَن تہٕ یِزمن ہاے تہٕ آسان۔ یِم ساری کاشُر وٲلی آسَن تمِ چھ مہرازس تہٕ مہرٕینہِ پوٗزا کران۔ اَتھ رسمس چھ دارٕ پوٗزاہ وَنان [2] منڈل۔ پوٗزا یہِ ہنز جاے [3] وشست چھ ویدک زمانٕکس اکس موشوٗر رٕیشہ سُند ناو۔ یہ چھ رگ ویدہٕ چَن دار یاہَن لیلاین ہُند مُصنّف مانٕنہٕ یوان۔ یہ چھ برہمن ہُند بوڈ طرفدار اوس مُت۔ ویدَن منز چھ باقی رٕیشین ہِیٹھ اُمی سُند بجر دار یاہَن جایہ ہاونہٕ آمُت۔ پوٗرانَن منز چھ دَنہٕ آمُت زِ دُد اپریوہ گَس منز چھ وشسٹ جی ویدن ہُند ترتیب دِنہٕ وول۔ وشسٹ جیس تہٕ وِشوامترس چھُنہٕ پانہٕ وٲنی صلاح اوسمُت [4] ناہِٹھ۔ عزیزہ

رنگہٕ رنگہٕ رنگہٕ ول پھیجی گنگہ آرٕ لہ وارٕے
وارٕے کرہ یوٚ دارٕہ پوٚزا

ہرہ ذٔرشبہٕ ٹہ دارس کوٚز ہرہ دارٕے
داسہٕ ہاوہ راشس آو کائلاس

کرٛول کھور لبہٕ لبہٕ پوٚش پھٛلی وارٕے
وارٕے کرہ یوٚ دارٕہ پوٚزا

ویدہٕ رستہٕ شیوہ سکہ ویدہ کے اوٚمکار ژٕے
شکل تُوٚیہ تہٕ دیاسس چھی ویدو کھنان

---

لہ اکہٕ پوشاکُ ناوٕ ٹہ نظر سکہ وید چھہٕ تیدادس منٛز ژور تہٕ یمن ہندی ناو چھہ یم ۔ رگ وید ۔ یجر وید ۔ اتھر وید ۔ سام وید ہکہ لفظ شیوُک لفظی مانے گوٚ خوش تہٕ نیک اقبال تہٕ بُلند اقبال ۔ تہٕ موٚرتی منٛز چھُ یہ ترٛیمس دیوتاشُندناو تہٕ تَتہٕ چھُ یہ تحز بیچ نشان دِہی کران ۔ ویدن منٛز چھُنہٕ شیوشُند ناو لیلاین منٛز موٚجود ، مگر رزمیہ نظمن منٛز چھُ اُمی شُند ۔ یحرٛ ہادہٕ ہٕ آمُت تہٕ تانترن تہٕ پوٚرانن منٛز تہٕ چھُہ اُمس دیوتاشُند ناو پھرنہٕ آمُت ۔ شِیوسِندی پوٚزن وٲلی چھ اُمس ترٛ موٚرتی منٛز گوڈٕنکس دیوتاشُند درجہ دوان ۔ تِمن نِشہٕ چھُ شیو سارنٕی دیوتہن ہُند سردار ۔ شیو پورانس منٛز چھُ اُمس دارِیاہ ناوٕ دِنہٕ آمتی تہٕ چھُ تقریباً تقریباً سارٕے مرکز ہادہٕ ہٕ آمُت ۔ شِیوسِندی پوٚزن وٲلی چھ اُمی شُند لِنگ بناوِتھ اُمس پوٚزا کران ۔ ہندو دیو مالایہٕ منٛز یم ناو شِوس چھ تِموٚ منٛزہ ژھ کینہہ یم ۔ ترٛہ نیتر ۔ گنگادر ۔ کال سمہاری ۔ الیشر ۔ مہیشر ۔ رودر ۔ مہارود ر وشنو سندی پائٹھی چھہٕ بھگوان شِوس تہٕ اکہ ساس ناو ۔ ہندو دیو مالایہٕ منٛز

واسدیو وانٕنِس اُلہِ تہٕ رقہ نگس
اُلہِ تہٕ رقہ نگس چھِہ دارٕہ پوٗزا

دارٕہ پوٗز کر مالہِ ریشٕی کوٗ مارے
دارہ پوٗز کر مالہِ سالہِ گرامس[1]

بھشمکھ رازٕہ نہِ ریشٕی کو مارے
واسدیو رازٕنِس سالہِ گرامس

بھشمکھ رازہ نہٕ لوہوٗری طوٗطو
ہوٗوری دارس پوٗزا کر

انگ ترٕ سنگ ترٕ موٗتیا باغس
پارنِچہ جھوٗیہ ستر کھتی آکاشس

رایہ چانہٕ اَنہٕ مے پوشہٕ گوندرے
سوندری کرٕ یے دارٕہ پوٗزا

ڈینہٕ ڈینہٕ رژھ رژھ سور گے دارٕے
دارٕے کرٕ یو دارٕہ پوٗزا

چانہٕ ست سنگ[2] ستی گنگا دٕرا یے
دارس کرمہٕ کژول دارے کھوٗ

---

١ ٹھوکر ۔ خوبصورت موٗرتی ٢ رُت کلامہٕ

نو دار ترٛوپ رِتھ دارناوٕ دارٕ سے
جٹا[1] دارٕ سنکٹ[2] رٹِہ چون دھیان

پاوٗن تل ژسے ییندرٕ[3] سے مارٕ سے
وارٕ سے کرٕ یوٗ دارِہ پوٗزا

وُز سون وٕیکنٹھ[4] بوٛنہ دارٕ کارٕ سے
گُھٹین منز اُگو پانہٕ رِتیشرتھ[5]

ژندٕریکہ سعہ باوٕہ[6] دژاو دیودا سے
وارٕ سے کرٕ یوٗ دارٕہ پوٗزا

لگنس ویلہٕ[7] ووت ویدنی وارٕ[8] سے
اُگنس[9] بیہٕٹھ چھی پژاران دیو[10]

گونہٕ وانہٕ سعہ نہٕ ہیرِ کھس وارٕ وارٕ سے
وارٕ سے کرٕ یوٗ دارِہ پوٗزا

اورٕ آسے سپتہٕ ریٚشی[11] یورٕ دژاو پانڈو[12]
کھس سا منڈل چھے وہرائٕ ودتھ

---

[1] بھگوان شنکر [2] مصیبت، تکلیف [3] خاہشات [4] جنت۔ سعہ رگ [5] سوٗ جای یتیٚتہ کانٛہہ دیوی دیوتا آسہٕ نہٕ بُوکھہ آسن تور گژھان [6] خصوصیت [7] وِز۔ وقت۔ موقعہٕ [8] تشریح کرہٕ۔ باوٕہ۔ وکھینہٕ [9] نار [10] دیوتا [11] دیومالاہ مُوجوب اکھ ریٚشی جماعت، آکاشس بیہٕٹھ تارکن ہُند منڈل یتھ ستھ تارکھ چھِہ۔ سپت ریٚشی۔ [12] دیومالاہ

## گوڈنیو وانہٕ یودہٕ پھسی سوڈ تارٕنۍ
## وارٕنۍ کرہٕ یو داپہٕ پوٗنزا

چھُنہٕ شِوسُند کانہہ اوتار ہاوُنہٕ آمُت۔ کیٚنژن جاین چھہ بایُرو شِوسِندِ کِرنتان یا اوتار گنڑراونہٕ آمتی۔ شِوس سیتۍ وابستہ مختلف تصوٗر چھہ یِم۔ (۱) سمہار مورتی (تخریبی پہلو) (۲) دکھشنا موٗرتی (یوٗگُک پہلو) (۳) انوگرھا مورتی (بخشش ہُند پہلو) تفصیلہ خاطرٕ وُچھو وُنہٕ کتاب بیٚیس جایہ) ۔ لفظ اوٗمس چھہ کیٚنہہ آسمانی تصوٗروابستہ آسنہٕ سیتۍ ہندو تمدنکہ گوڈہ کالہٕ پیٚٹھٕ کانٛفی بجر حاصل رُودمُت، امیُک اصلی مطلب چھُ پزٕ دِلہ اقرار کرُن۔ مگر امہٕ لفظُک تأریخ سیٚٹھاہ پرٛون آسنہٕ کِنۍ چھُہ امیُک معنے ووٗنی سیٚٹھاہ چھکرنہٕ آمُت تہٕ اتھ چھہ الگ الگ مطلب کڈنہٕ آمتی۔ ویدپرن وول چھُ امیُک پرُن "اوم" کرِتھ شروع کران تہٕ "اوم" دپِتھ پرُن بند کران۔ ؎ شکدیو چھُ اکِس ریشی سُند ناو باگوت پوٗران چھُہ امی سِنزِ زبٲنی وَننہٕ آمُت۔

؎ ویاس چھُ تمِس مہاریشی سُند ناو یمِس نسبت وَننہٕ چھُ یِوان زِ یہ چھہ وید، مہابھارت، پوٗران، برہمہ سوترٕ، دھرمہ سوترٕ بیترٕ کتابن ہُند ترتیب دِنہٕ وول۔ روایتہ موٗجُب چھُ شہ پرٛسرا تہٕ ستیہ وتی ہُند نیٚچو اوسمُت۔ دوٚیمہ روایتہ موٗجُب چھُ یوٚہے ریٚوشِ کورَوَن تہٕ پانڈون ہُند بڑ ریب اوسمُت۔ دیہان شامہٕ رنگہٕ آسنہٕ کِنۍ آسی امِس کرِشن تہٕ ونان۔

؎ نیک عمل، نیک سیرت۔

# لگن

آہی[1] کر دارِہ وار سے لگنس[2]
کھس کوری اگنس پرید کھین کر[3]

بیبہ مالہ برہمنو کھسو سانہ ہیرے
لاگیو مالہ ٹیوک پوشن ارگ شیرے

کھسو مالہ واسدیو راز ہیرے
کورہ کمارہ ووت وے واہ کار[4]

---

[1] دعائے خیر - اکہ گاشک ناو یہ چھہ داں کھہن آسان [2] لگنس چھہ بٹہ کھاندرس منز سعدی اہمیت حاصل یوسہ اہمیت مسلمانن منز نکاح ذکر بیترہ چیزن چھہ۔ اگنہ کنڈس ثروندٹھ کنہ چھہ مہراز اقرار کران زہ سہ والہ پننہ سیدن واجنہ زنانہ ہندی ساری فرائیض نکھہ تہ تس روزہ وفادار - ریتھے کنہ چھہ زنانہ تہ پننین ذمہ داری ین ہند اقرار کران۔ حساب موجوب چھہ کھاندرس لگن سیدنس سعدتہ ژھین لگان [3] طواف، گنتھ، آندی آندی چکر [4] نیترچ وز -

اوره آو بھشمکھ راژن پانڈو

واسدیو راژن سند لس بیٹھ

اَن مالہ پوشہ ببرے لوٚے

سۄ دَسہ[١] ہیٚرہِ ستۍ وتھراوس

سو مہربتھ کرِشنس بچھ ونی پانڈو

کھَس سامنڈل پٚھۍ وہراویتھ

سہ ٹکہ ہیٚرہ کھوت کھہیٹکہ دیتھ ژھاے

ژھانڈان ایشرہ مایاے

ہیٚرہ پٚھۍ سمندرتے ہیر دانتاوٚپی

ہیرہ پٚھۍ کھَسان دیوا[٢] دیو

واسدیو راژنی دانتوک ہیری

بھشمکھ راژنی دیوا دیو

ہیٚو مالہ برہمنو گژھو مالہ جما

گٚرد مالہ لگنک سما[٣] چار

---

[١] رُت، نیک بخت [٢] دیوتھن ہند دیوتا [٣] صلاح مشورہ۔ سرانجام بندوبست۔

سادتری ہیتھ ییلہِ نیرہ پربھاتس
راتس کوٗر واٗجی نکھ ژوٗترے ویدی[۲]

ہیرے کھسان چھک پوشے گوندری
واٗج مکھ نیٖندرے وُزہ ناوِتھ

مرٛتھ گرِ مرٛتھ گرٛ ریٖچھ گری واٗجی
کوٗری گینٛدن بوج ہیٚے اوے

شلہِ پھوٗل گلہِ ژٛور آو کیا کرنے
یٖمبرزلہ لولہ برنے آو

بشمکھ رازہ کیا یور آو کرٛنے
کورہ کُمارہ آو لول برنے

نترٛ آو لگنک ویداہ پرنے
یٖمبرزلہ سنبل پوش وانے آو

---

منز تباہ کاٗری کلہِ تلہِ بھگوان وشنو چھ پانژ اوتار داٗرتھ اتھ ڈالان۔دیان
اُمی چھ وُنِستام داہ اوتار داٗرِتھ۔ یمو منزہ کینہہ چھ یِم۔ پرسرام۔رام ژندر
کرشن تہ بلرام۔ بھگوان بُدھ۔ کلکی۔ بھاگوت پُران چھ وَنان زِ وشنو
بھگوان چھ ز، تووُہ اوتار داٗرِتھ۔
۲ دیومالایہ منز اکس زنانہِ ہُند ناو، یُس بیوز اُس وَنان ۲ ژور وید زانن وول۔

روہنی چھہ پٲران ژٕنٛدرمہٕ نیرِ ے
کورہِ کُمارہ ووت ژٕے واہ کار

شمع چھے پٲران پونپُر پھیرِ ے
کورہِ کُمارہ ووت ویواہ کار

گگنہٕ پٮ۪ٹھ دیوتا کالہٕ لاپہٕ سارِ ی
سون ولہٕ ووہ ما[1] برٛاُری سیٖ ے

برٛہماجی[2] آیے پٮ۪ٹھ اژِ کِس ساتس
وشنن تہٕ شوجی سیتی ہیمتھ

تہٕ کارُن[3] ہمار پٮ۪ٹھی آیہِ یوت ساتس
راتس کرن چھُم وسے واہ کار

---

[1] پورانن منز درج روایتہٕ موجوب چھُ ووہ ما بھگوان شوسُنٛز ٹھاندارنہٕ ناو۔ اُمس چھہ بٮ۪یہِ واریاہ ناو، یمو منزہ کیٚنہہ یم چھہ۔ دُرگا، دیوی، کالی، پاروتی بھوانی، کارتیاینی، امبکا، ہیماوتی۔ ویان ووہ ما چھہ ہمالہ پربتکہ نہٕ دیوی میناہ ہنز کور۔ کالی داسن نظمہ کمار سمبھوک تعلق تہٕ چھُ شوہ تہٕ پاروتی سیتی۔

[2] ہندو فلسفہ تہٕ دیو مالایہ موجوب تخلیقُک دیوتا (تفصیلس چھنہٕ وَکھ)

[3] بھگوان وشنو چھُ تتر مورتی منز دوٚیُم دیوتا۔ عام تصورس منز چھہ اُمس پالن ہار یا رچھن وول مانان۔ ویدک زمانس منز اوس نہٕ اُمس زیادہ بجر تہٕ تھزر مگر وقت گذرنس سیتی گییہ اُمی سنٛز اہمیت ہُران۔ ویان چھہ نوٚبیلہ تہٕ دنیا ہس

وومُت[1] ہَرِ کرِسی دائِنتوٗ دَن ستے
اَرزن دِیو یوٗت دان ہینہٕ آو

بِھشمکھ رازن کرٕ لانکرن[2] ستے
وَنتے کِیہ یرٕھ دان ہیٚنہٕ آو

ارزن دی وو بادشاہ پسندو
ہوڈُرٕ بیٖوٚ ہٹھم مَسند س

مسندہ قالینہٕ مخملی تکہٕ یاہ
سنخ شند گوٚبرٕ بیٖوٚ لڈ تکہٕ یاہ دِتھ

یَنخہ مار پیچس چھتمو حُقے
یم ووہ مہرٕ راگیی چھی اَتھ داٗرِتھ

مار پیچ نُم چھس کلیانہٕ بردار
یم سردار بیٖٹھی دارن پیٹھ

باغس کوٚرمے پوشہٕ وتھر ونے
دُنی دِیو تُو کَن کائِتیاہ آسے

بِھشمکھ رازنہٕ پوشہٕ وتھر ونے
دُنی دِیو تُوکَن کائِتیاہ رُودی

---

[1] اگہٕ قِسمُک کاشُرٕ اَتھ چھہٕ تریہٕ باٚترٕ آسان - یہ کاشُرٕ چھہٕ گور بڈٕن دفہٕ ہَن پیٹھ استعمال کران [2] درج - ہٹیوٗت دِیت.

ییتہٕ ییچھ گوسے سارِ کایہ شرنی
سارکاڑِ ییٹھِن وید پُران

رِکھمنہٕ کرشنہٕ جو آمُت ورنے
ینمبرٕ زلہِ سونبُل پوشس ورنے آو

کُمی کُوری کورنے روہنِن پن تے
وَنتے ناگ ارزُن[1] ہیے آو

واسدیو رازن کرشنہٕ من تے
دائرِ ہتھ دِیتمُت پوہلا وس

نالِ چھس کھالی مالہ تَن زوتن تے
وَنتے ناگ ارزُن ہیے آو

واسدیو رازُن سوہنہٕ روپہ من تے
گورَن دِیُت کورسے مانترآوِتھ

تی بوز دیو کی شہلس تن تے
وَنتے ناگ ارزُن ہیے آو

شیرس گونڈ تے گندِہ ییٹھی تاجا
راجا بسیرِل دان[2] ہینہٕ آو

---

[1] اگرِ کاشرِ لوک کہانی ہند ہیرو [2] خارات۔ بخشایش

گورہی رُچھی مکھہ دوہہ سیتی سنگہ وان
ہرہ بھگوان ہیے پاران پُچھے

سعہ[1] مِنہ ساودان[2] روز اچھہ داڑی
ہاڑی داڑدِ کر وانے آمی

اَسہ رُچھی کوراہ آتھمنہ[3] ناران
رُکھمنہ کرشنہ جُو اَتھہ داران

شیرس لاگے لَوِ پوشہ پھتیے
سُنتہ سیے دوت سیے وسے واہ کار

دربا[4] دِیُر نکھہ ہا گنپتہ سیے
سُنتہ سیے دوت سیے وسے واہ کار

شونا کھہ ورنہ اوسے پارسے وُتیے
سُنتہ سیے دوت سیے وسے واہ کار

جمنا شارِدا[6] پُچھے سیتہ سیتی
نمنا پاوَن گنڈ ہیے سون

---

[1] پینہ دِلہ [2] قرار کرِتھ، قرارہ سان [3] امانت [4] اکس دیوی ہُند ناو [5] اکہ موشُور دریاوُک ناو۔ اکہ دیوی [6] اکس دیوی ہُند ناو۔ بڈہ کالہ اوس کشیرِ منز اَمی سِندِس ناوَس پیٹھ اکھ علمی ادارہ۔

سہ نے پنجرس مہ ختہ جرآوسے

یتھ گرہ وُلھ کمی ہاوآنے

گوڈ ڈہ آو ناران مُجرن ییتہ دوسے

ہتہ واد ہستہ من زہین کرتھ

یورہ ڈزاس واسد یو رازہ سون سودسے

یتھ گرہ وتھ کمی ہاوآنے

اورہ آو لالرتے گنز ریہ قوس تالے

پرہزدھر توسس کمہ کشالے آکھ

تیلہ کونز آسے وہ ہیمنی کوچن

تیلہ آسہ موختہ اوس پوزہ لوشچن

تیلہ کونز آسے وہ یتھ بازارس

تیلہ آسہ سمہ ن اوس بروشٹھ دارس

شُر چھم کرشنہ جُو مورلی وایان

زُنترہ بُز ولشنہ رُوپہ ناراین

پھنکے بہہٹ چھکے لوپنبرس[1] نہیٹی

لگنس بیوسے رٹے ناراین

---

[1] اکھ قسمک ڈسہ

نتر[۱] سندھیا رُودرہ سندھیا پوٗنہ سندھیا ییتی سیٚے

اَگیان[۲] تراوِتھ بیوٚن بیوٚن ناو

وشسٹ ریوٚش ہیٚے از چھےٚ ییتی ییٚے

سُتی یےٚ ووت ییٚے وےٚ واہ کار

لچھمی[۳] تر ہارہی آیہ پرتی سیٚے

اشٹا[۴] دشہ بُزی سال کران

ژکرہ[۵] شعہ راوےٚ ورنہٕ بھگوتی سیٚے

سُتی یےٚ ووت ییٚے وےٚ واہ کار

دکھنایہ ویلہ ییلہ دوتےٚ سُتی یےٚ

وشسٹ مہاراج تھال ہیتھ دراو

---

۱ یم چھ پتھ کالہٕ بیہتھ کشیرِ منز بٹن ہندِ موشوٗر تیر تھ ۔ ۲ غلط فلسفہ ژھٹہ کیپٹ، جہالت ۳ ہندو دیومالایہ موجوٗب چھُ لچھمی بھگوان وشنو سنٛزہ خاندارنہٕ ناو ۔ لچھمی چھےٚ دولتچ تہٕ خوبصورتی ہنز دیوی مانہٕ یوان، دپان لچھمی کھژ تمہٕ وزِ دوُدہٕ سدرہ منز یمہ وزِ دیوتا اَتھ آب حیات یا امرتھ کڈنہٕ باپت منداں اَسی ۔ اَمس دیوی چھ یدما شری تہٕ وَنان ۔ ماگہ رِتس منز چھ اَمی شند دوہ بڈہ عقیدتہ سان منادنہٕ یوان ۔ اَتھ چھ وَنان بسنت پانژم ۴ اَکس دیوی ہند ناو ۵ اَکس دیوتا شند ناو ۔ اَمی سنٛز تھاپنا چھ یہ بتہٕ نشہ ۔

بُوتی شوہ[1] ور نہٕ اوسے راگی نیا بھگوتی یے[2]
ستی یے ووت یے وسے واہ کار
منگلا[3] دیوی تہٕ کالی[4] آ یے
بڑہما اوس گران دارہ پوزا
زالایہ[5] لمبودرن[6] بنیہ گنپتی یے
کرکو ہے پونیرہ پوشہ ڈوری
بالہٕ[7] ہامہٕ بالہٕ کایہ[8] وینہ وُن ہیوت یے
سُتی یے ووت یے وسے واہ کار
اکن[8] گامہٕ شیوسے وینہ وُن ہیوت یے
وِشہ[9] تہٕ ترسہٕ ووہ مایہٕ کرنئے جا سے
سارِی رُوز لچھی ووہ زینتی یے
ستی یے ووت یے وسے واہ کار

---

[1] اُکس دیوتا سند ناو۔ یہند بوتن تہٕ راکھِس ناش کوُر [2] اُکس دیوی ہُند ناو [3] پاروتی یا ووہ مایہ ہُند بیاکھ ناو [4] اُکس دیوی ہُند ناو (حصہ اول وُچھو) [5] اُکس دیوتا سُند ناو [6] پونیرس نکھہ اکھ گام [7] اُنہٕ رِشن کوُر [8] اکہ گامُک ناو [9] اکہ گامُک ناو۔

واسدیو رازٕنی کنیک[1] چھم والنہٕ
اَرزان دِیہ چھُس اَتھٕ داأرِتھ

کنہٕ[2] دان کوٗر تھوٗ واسدیو رےشو
بَوٗمہ[3] دان ہشوٗت تھو بٔرہے منن

دِرٛوہ مالہٕ گاوٕ گرٕ بُتراتھ دانَس
ژور مہما[4] چھوہ کنہٕ دانَس

یُس کرِہ بیٚتہِ[5] شتران بیہ ژوزہ سالہٕ گرام
سُے کرِہ سَتہٕ وُہرٕ سے کنہٕ دان

یُس[6] تھال دان کوٗر گنگہٕ دۄہٕ نی پھران
سُے تھال بب چھُے دان کاأران

کوٗرسأنی دۄہٕ نی میلہٕ گنگےٚ وأرنس
سُے وَر کیٚر شنےٚ اوتأریے

---

۱ انہٕرٕش کوٗر ۲ اصلی لفظ چھُہ کنیادان یعنی کوٗر خاأرات دِنی۔ لگنَس پیٹھ چھُہ یٚیزٕمَن کورِہ بطورِ دان مہرازس دِوان یُس سُہ قبول چھُہ کران ۳ زمین خاأرات کرٕنی ۴ اثر۔ پھل۔ نتیجہ۔ حاأصِل ۵ دۄہ دِشس ۶ لگنَس پیٹھ چھِ رِتم بانہٕ تہٕ دان دِوان کرٕنہٕ، یِم کوٗر سطرأنٕژنٕہ ان چھہِ۔ (م۔ل۔س)

پکھرِ دار[1] برہمن دِن میٚہرہ پھٔتریے
سُتریے ووت ییے وسے واہ کار

مٔنزم پور میٚہرے منگنہٕ آو پوٚت ییے
دِکھنا دِنہٕ ونہٕ کور ہیٚے یاد

مُنٛدہ گور[2] دوٚد ہیتھ ووتے پوٚتاییے
سُتریے ووت ییے وسے واہ کار

پرکاشہ[3] چانے گٔٹہ ژٕجیٚ ییتریے
شری[4] رامہ اسہ ووٚدنی درشن ہاو

اندھکار[5] اسہ کاسِس ماج بھگوتی ییے
سُتریے ووت ییے وسے واہ کار

پرمیشور سمکھٔے پار وٕتی ییے
ہوونے تیرتے ژٕنہٕ تہٕ پیوے گاہ

سنتان چانی سارِی ییتریے
سُتریے ووت ییے وسے واہ کار

---

[1] نزدیک رشتہ دار [2] سُہ گورُ ییمہ بھگوان کرشن روٗچھ [3] گاہ۔ گاش تہ روشنی [4] بھگوان رام۔ وشنو سند اوتار [5] انہٕ گوٚٹ، جہالت، بےزانُن

مُڈی ببہ سنزی گیستا کوری
ورقہ ورقہ پرنکھ مالی پنیر نی
ورتھ تہ بی نکھ رازے پوتری
سون آو کرشنہ جو اوتاری

مُڈی ببہ سنزی زیپے[۱] مالی
پھلہ پھلہ پھرکھے مالی پنیر نی
مالی تراوایے رازہ کماری
سون آو کرشنہ جو اوتاری

موختس منز زن لال پریزلانی
گور سانز لانہ ڈور نارانی
رُوزتھ گونڈے دربہ ویشہ ٹھوری[۲]
بوزتھ تہ ایشر سونے آو

شلہ ووہ کتھو پوشو پربات آئے
گوڈہ پھولہ ہیمبر زل ادہ باوے

---

[۱] تسبیح۔ مال [۲] دربہ رگاسہ تل۔ بٹن ہُند عقیدہ چھُہ ز دربہ گاسہ چھُہ پوتر (پاک) تریتھ چیزس پیٹھ یہ تھاونہ ییہ تتھ چھُنہ کانْہہ بلاے پران۔

یُس پھَل وُزِ دِتھ نیری نمُو نمُو
سُے پھَل سائِنس کنہٕ دانَس

سوہ تہٕ سُنشرِ گنجے گنگہٕ ووہ زِ چھریے
گرَوس مالہِ وارہٕ وارہٕ پُوزا ژٕہی

لچھمی تہٕ نارائِن[1] لگنَس بہتھ
وارہٕ وارہٕ گرَوس مالہِ پُوزٕ گرے ہَن

زِتھَس کھُسِتھ ژھوٗنڈٕ مےٚ لوٚنے
دَرشُن دِیُت کرشنہٕ اوتاری

گنگہٕ وٕلِش[1] زنگہِ آیہ ہیتھ گنگہ ووٚنی
لاٚگیے[2] بویے زیوہ وُنے سچھے

یہ سہ بیٚنہ رِچھِ پتُن نکھ تےٚ کوہ چھے
سوہی بیٚنہ کھرِ ژےیے گنگے وٕ ہ لس

---

[1] مہرِ نیٚنز بیمہ ساتہٕ لگنَس بہتھ چھہٕ آسان، تمِس چھہٕ اَنہرِ شُن کوٗرِ رواجہ موٗجوٗب زنگہِ پِوان، یہ کوٗر چھہٕ تَس مالِنہٕ طرفٕ آسان۔ اَمِس چھہٕ وَنان گنگہٕ وٕلِش

[2] لگنَس بیہنہٕ چھہٕ کانٛہہ لوکٕٹ مہرازُس تہٕ مہرِ نیٚنہٕ لاٚیہ چھکان۔ یہ چھُہ آسان مہرازہ سِندہٕ طرفٕکُ، اَمِس چھہٕ وَنان لاٚیہ بوسے۔

ماجہ اوٗن سیٚے پلےٚ ہوٗلہٕ کیٚے
بَبَن ژٕ سے گوٗرسنے ڈُکے سوٚن

دِمہٕ یے سوٚن زٕوٗف گوٗرہ کمٕاری
پاٹہٕ گوٗراوٗن سےٚ پاکھٕہ کرہ سنے

ہیٚرہٕ بوٚنہٕ گوٗنڈٕ سےٚ موکھٕ رکیٚت دژٕویے
کرمہٕ یون چوٗن رُت دژٕویے

دِمہٕ یے وردٕن گوٗری کمٕاری
تاسہٕ کمخاب تہٕ خاصہٕ اطلاس

پاروتی پرمیشور زنگہٕ ژٕ سے ائیے
کرمے لون چوٗن رُت دژٕویے

پکشن انہٕ پوشہٕ مالہٕ تازہ تےٚ لاٹیے
دیوکی اتھہٕ گُنڈہٕ ناوائیے

پرمیشور شیر دائرتھ آوَسے
کرمے لون چوٗن پوٗتھٕ دژاوَسے

سُلہٕ ووٚتھی پوشَن وُلِ کھسی بالس
لالس کرِ والُ مَنَن مالَ[2]

---

[1] اکہٕ خاص قسمُک دیور [2] سوٚ مال یوٚس مہرازس تہٕ مہرٕنِہ ریگس پیٹھ گنڈان چھ۔

تَستہٕ وٕرِسرِ شہٕ آسے مَنزٕ م یارِی
گورِ سأنز رازہ کمأرِی سپے
بٔرہما کرمہٕ ریشکھا لیکھنہٕ آسے
گوڈٕ پھعہ لہٕ یمبرزٕل اَدٕ باوسے

دیتسَے دِوٕ گوَن[۲] گورِ کمأرِی
دیوتا آسی وید وکھنان

سبھدرا گورِ سأنز دِوٕ گون ٹرأٹے
گوڈٕ پھعہ لہٕ یمبرزٕل ادٕ باوسے

دِمہٕ سپے سطرات[۳] گورِ کمأرِی
ھتال ٹوٗرٕ جگ نیہٕ چھچہٕ گلاس

ماجہٕ اُنی ھتال ٹوٗرِ بنٕ زٕھونڈے کرٕوٗنے
گورِ کرمہٕ لأنس نأمس کار

وٕچھنے ذأتکس[۴] پرٕزٕھمے نے کرأنس
گورِ کرمہٕ لأنس نأمس کار

---

[۱] لوحِ محفوظ - تقدیرُک ورق [۲] وٕچھو کتابہٕ ہُند جلد اکھ [۳] تم بانٕہ یم کوہٕ مالنہٕ سیتی چھہٕ دِوان تحفہٕ چھہٕ وَنان سطرات [۴] ستارٕن ہنٕدہ علمہٕ موجوب تہٕ زینہٕ گرٕہ وقت نظرِ تَل رٔٹِتھ تیار کورمُت زندگی ہُند اکھ لایحہٕ عمل ہیو - اَمہٕ تلہٕ چھہٕ نِشان زٕہ زندگی منز کیہ سأنہٕ کیا پیہٕ انسانس بُھگتُن۔

ہرٕ سوٗکھ چھے ہرٕ گنگا یے
پٔرشس آیے پوٗ شے مالےٚ ہیتھ

دٔشرتھ رازہ شیر دآرتھ اٹیے
رامے جوٗنے بآنزیا یے

مَنَن مال گنڈیو بَرے سمتہٕ تھا چھے
وۄکچھے ماجے لول بۄریو

مَنن مال چھاٚنی اَنٛدٕ مے لالن
قندہ چھٕلہ رٕ ٹھہ دندہ مالن تل

بختہٕ[1] وۄتھ سلہٕ میانے منہٕ کٔرٕ
شٕنختہٕ[2] ناتھ گنڈٕ مے مَنن مال

مَنن مال چھاٚنی اَرگے وٕ چھتر
شُہتر پے نٕے پادن تل

مَنن مالہٕ چھانے نِکہ نِکہ ٹِکے
ڈیکے بۄڈٕ مے نیرسے ہم

ہارٕمن دوٕ ہَن تے یوہ نَن راٹن
ہارٕ ہندی باٹٕز ہی بآرا۔ بَر

---

۱؎ بھگوان شِشو سِندی کرناو ۲؎ دٔشمن۔ ناکارہ کا کچھن وائکی

سیدرگے گھرٕ کھٕے کوسمن پوشہٕ رنی
پوشے مالہٕ تتے دٕسترٕ ہیتھ[1]
ڈانڈک[2] ونہٕ چی رازٕ سے بانٔی
دیوہ راجس منگ منن مال

ہودرٕ پوشن زیو گوگلاب دستو
دستو گنڈیو منن مال
منن مال گنڈس مالہٕ چھتس[3] دستارس
گیجھ گنڈھٕ وتھرس سٕب زارس
منن مال گنڈیو لعہ کیچے ہشے
یشبہ[4] زامترٕ لالہٕ سے لسے ہم
منن مال گنڈیو صوبے دارٕ سے
ارزن دی ونہٕ بارٕ یاشہ[5] سے

---

[1] تمہ نارٕ ہون وغیرہ ہیم پُوزا یہ بانن اندٕ اندٕ گنڈان چھِ تہ کامہ مہ کلیتہ یارہ بلہٕ چھِ ترٕاونہٕ یوان [2] وچھوکیت یہ ہند جلد اکھ [3] سفید - ججر بدہ شہ کالہٕ ما آسہ ہن مہرازس سفید دستار گنڈان، مگر از کل چھُ رواج زہ مہرازس چھُ کیسری رنگہٕ دستار گنڈنہٕ یوان [4] عاشس منز - اقبال مندی منز [5] زنانہٕ ٹھانداریتھ (بارٕ یا)

یہ ز چھُوہ واسدیو رازہ ہِنز نیرے
اَمِس چھُوہ کھنڈہٕ تاپہٕ داش حاگُل

نی زین تھاوِی زین سارنی ہیرے
کورہ واژوِی شیرہٕ لاگنہٕ آسے

اَستہٕ پھِرنستہ واٗج کوٗر چھک ساٗنی
رازہ آو وَرسے ہِیندی کوٗرسے

تازہ سعہ ہِنز بَدن گوٗلاب تر چھے
ہر چھے ساتھا کری پریدی کھین

مستراپہ ہُندسے معہ رلی دَر چھے
شیرہ چھُس مُکٹ[1] تہٕ اُلے ہار

نِشہٕ چھُس رُکھمن ہیٔمی شندور چھے
ہر چھے ساتھاہ کرہ پریدی کھین

کاشی نگری ہُندوہ بشمبر[2] چھے
[3]جٹہٕ گنگا تے ہٹہٕ واسُک

پاروت سَنتی چھُس تمی شندور چھے
ہر چھے ساتھاہ کر پریدی کھین

---

۱ تاج ۲ بھگوان شِیو شنداکھ ناو ۳ سَرُف، ناگ

لگن چھی کران کاشنِی اندری
سوندری رُوپ چون گاہ تزاوان

واسدیو راز ژِ سمتھ دارہ مندری[1]
کُمُ چھائے گُرزنس دارہ ہتہ بَر

وُرنہ پتھ چھے آمت کرشنہ جُو گوندری
سوندری رُوپ چون تزاوان گاہ

لگن چھی کران نوہ سرہ طاقس
گراکس سانس چھہ نستے وائج

واسدیو رازہ نس دیوان خانس
بھشمکھ رازس نامس کار

لگن چھی کران دیوان خانس
کری بھگوانس نامس کار

لگن چھی کران دُچھہ نے دارسے
ہارسے برارسے بیدسے سیتو د

کالاسہ کوتُر دارہ دارہ پھیرسے
کورہ آسے وازدی شیرہ لاگہ سے

---

[1] لفظ مندورہ چھنہ اوڈ ماگز تو یا برابری انتہ باپت مخففت۔ (م۔ل۔س)

واسدیو بَبَن ستے دیو کی ماجے
پھیری کوُری واجے اَتھ واس کر

چینہ کوُری دِرٹھ شیشہ تڑہ ناجے
پھیری کوُری واجے اَتھ واس کر

تِہِہ کوُر رُچھہِ ہرِ لچھمی ماجے
اُمہ ہی اَتھ دِیُن راد سپَدِ چھے

ہیٹھ گرے کھاُرِ مال ستی دِمے داجے
پھیری کوُری واجے اَتھ واس کر

تِہِہ کوُر رُچھہِ ہرِ رادا ماجے
تیمتھ نے ہینکہ ہس کا نہہ تہ رُچھت

کھیون چھس پولاو چینہ دودہ بانجے
پھیری کوُری واجے اَتھ واس کر

اَتھ واس کران اَتھ پینہِ وڈلنے
کنتھ کرُ لوہیُوری طوطس ستی

اَتھ واس کران اَتھ رُکھڑ چیرے
کتھ کری سیرِ ہے بٲجس ستی

زنک راژن سو میبسٹر[1] سپُھے
دھنش[2] رامہ جُو ستُلنے آو

اجودھیا[3] ہُندے شامہ سوندر سپُھے
ہر سپُھے ساتھاہ کرٕ پرٕدی کھین

بھشمکھ راژن بۆڈ امبر سپُھے
ہتہٕ بدی رازہ ستےٚ دیوتا آیے

گوکل نگری مورلی دَر سپُھے
ہر سپُھے ساتھا کر پرٕدی کھین
گنپت یارک لمبودر[4] سپُھے
بُتھس چھُس ہران کوتاہ تیز

زِشہٕ چھس ولباتمہ سُندور سپُھے
ہر سپُھے ساتھا کر پرٕدی کھین

دمہ پیے رَتن[5] تےٚ سونہٕ شِرٕ واجے
پھیری گورٕی واجے اتھہٕ[6] واس کر

---

[1] پرانہٕ زمانہٕ پنتہٕ پسندہٕ موجوب بٹہٕ پنڈی کورِن ہُند خاندر کرنک اکھ طریقہ
[2] کمان [3] بھگوان رامہٕ سُند راجدھانی [4] گنپت صاحب [5] لال۔ جواہر
[6] لگنس بیٹھ چھہ مہرینز تہٕ مہرازہٕ پانہٕ وانہٕ اتھہ وری کران۔ یہ چھہ لگنک اکھ ضروری رسم۔

کنَن ہُند ڈینچہٕ ہوٚر دیت مے یِرٕ رے
چھے کوٗری پُوشہِ نَے تہٕ وائِتی نے اَند

کتَن ہِیلہٕ ترٛوٗدُ تھہ دِژ تھَم شوٗلے
ہٲرِ چھےَ طوطَس بولہٕ ناوان

لۄہوٗری طوطہٕ تےَ کاشِری ہٲری
تعہِ یہ دوٚن کتہٕ گیِہٕ پٲری زان[1]

رازہ سِندِہ گوٚبرہ تےَ وزیر کوٗری
تُھنزِ ہی جوٗری چھَم بٲرا بَر
[2]کاشُری بزار[3] ے کوٗنش چھُنہٕ کھوٚرَن
پدِکر دِی ہیٚرہ سرِنزَن معہ سرن بیٹھ
ستہٕ وِہی پوٗنسو پینٹھو پکہ ناوِ ہکھ[4]
گُتر ے پننے بیٚون ژرآوِ ہکھ

کارَن[5] دوِنی زَڈ ماجہ پار وَتییے
کارَن بُوزِتھ ھلمی دار

---

[1] واقفیت۔ زان بچھان [2] اِسرایہٕ۔ یری [3] کھوٚر بانہٕ [4] لگنس بیٹھ چھہ مہریٖنِی تہٕ مہرازہ ستوٚ پوٗنسو پینٹھ پکان [5] کلشہ ڈوٗنی۔ یِم بٲگراونہٕ چھہ یِوان۔

نیلہِ[۱] وٹھس کھور ژونوٗ ستھے
گور زَو نوٗ ستھے پرمیشور

لایہ بایہ لایو لایہ چھکھ دوڑ سے
جمنا بیٹھ گژھ داری وین

یُس بوسے رُو چھتن نکھہ ستے کوچھے
سُئے بوسے کھوت یے لایے بچھے

سونہ سنزہ لایے چھک لایہ بالو
آیہ[۲] درہ بایہ کرلایے ہیم[۳]

گُرا مکھ کرشنڈہ ستے دِژ تھم شوسلے
ہُر چھک طوطس بولہ ناوان

سونہ سندو ژدن دیت مے یورے
بسر دس موہنیو دو راوسے

نالی ییلہ تیر دوٗتھ دِژ تھم شوسے
ہُر سچھے طوطس بولہ ناوان

---

۱ آرہ کنز۔ سخت کنز۔ دژ کنز ۲ زیٹھ وُمبر تھاون والہ۔ وائشبہ زیٹھ ۳ لایہ ہند ہوان۔ لایہ تراوا وگنس منز۔

آتش بازی چھہ گاہ ژراوانی
گوری سازی سِریہ کھوت اسمانی

مور پنکھی چھی چرخی زالان
زرژہ چھی ژراوان ماداتس

پھشمکہ رازنی چرخی زالان
واسدیو رازہ بنس ماداتس

واسدیو رازہ چھم زون زن زوتان
نورچ آتش بازی سپھے

پوشبر ژراوسے توہہ دوہن موکھس
دوہنی گوری نسہ کھس واتاہم

اَسہ[1] درژ ماگ ماسہ کانگر ششرس[2]
ایشرس پوشے بُرگی لاگ

بائن ہنزی بنیز سہ ندری
پوشہ گوندرے لاگان چھی

---

[1] یہ وَنہِ وُن چھُ تمہ ساتہ وَننہ یوان ییلہ میرازس تہ میرینہ پوشہ پُوزا کران چھہ [2] ماگہ سانکراتہ دوہہ چھہ بٹہ کانگر گورس دوان۔ اَتھ کانگرِہ چھہ وَنان ششر کانگر۔

وارہ دِی ہیہرسس نیر نئے ہُتیے
سشتیے معہ کھ تھوآ رگنس کُن

سعہ نیرِ وِس تھالُس رقہ یہ یندیر گھوری
گوری کھارہیئے دیِہ بَتہ[1] ہَسن

دَیِہ بَتہ کھورسے چرکی تھالسب
سعہ دہ گوہ لالُس تہ ہی ما لے

گورہ ہندہ اوَنمے دہ دہ ژڈہ وورسے
سورسے دامے چیِہ تاَمے

گورہ ہندہ اوَنمے دہ دہ ژڈہ وورسے
کھیہ تے بَتہ ہاَری گرشھی وآریو

پچھس سوَمب واَثر آتشس بازی
آتش بازَن رندکھ نالی

گندان آ رتہ آتشس بازی
گندَن نردس[2] تہمے سردار

گوری کماری چھے چیقلو وُچھس
لچھس اَسبہ گنز آتشس بازی

---

[1] لیس بَتہ مہر نہ تہ مہرازس یکہ وَنڈ چھ آپراوان تحتہ چھ دَیِہ بَتہ ونان[2] اکہ قسمک زار۔

سبہ دار ییٖنہٕ وول زُنہٕ ڈٖیہ اندری

تُلہٕ آو سعہ ندیرہٕ تتہٕ وُزہ ناوُک تون

ہکھے پچھک ہیپرہ کنہٕ کو سمن ژاران

بوہتہٕ کنہٕ ناران بہ راران پچھے

باغس چانس ژنڈنوی ڈکھے

ایشرن نکھہٕ واج رازہٕ کمار

کورہٕ کمارسے مامہ مجو نکھہٕ پچھے

ڈکھہٕ چھس ژترہ بُنہ ناراین

اوِرسے آہم صاحب دولتھ

یورسے بوہ نیرسے آلتھ ہیتھ

بشمکھ رازن صاحب دولت

دیوکی مائج نیرہ آلتھ ہیتھ

درگس سفہ تھر دیت کرمہ لیکھاسے

پوشہٕ پوزاسے ویلہ ہے ووت

اتھ ڈول شیرس ماجہ راگی نیاسے

پوشہٕ پوزاسے ویلہ ہے ووت

کرشنہ بھگوانس بیٚنہٕ سندری
پوشہٕ گوندرے لاگان رٕچھی

پوشہٕ پوٗز کرنالہٕ ریٚشی گوٗمارے
دادہ بوٗز کرمالہٕ سالہٕ گژامس

بھشمکہ رازہ نہٕ ریٚشی گوٗ مارے
دشرتھہ رازہ نس سالہٕ گژامس

کیازہ چھکھ ہگین رامہ رام موٗکھٹیے
کہمے لون چھون پوٚھٹیے ڈرام
گنپت صاٮ۪بن گوٗرے نالہٕ ترٕوٹیے
ولباہٕ کوٗرنے اَتھہٕ روٚٹیے

سالہٕ گژام ژاوستے ژوٗل اَنہٕ گوٚٹیے
کرہَے لون چھون پوٚھٹیے ڈرام

کیازہٕ چھکھ دیٚوٹھ دیٚوٹھ موختہ الہٕ پاوان
شوٗنہٕ کرنم نیٚرسوٗنے رنگہٕ ناوَن کیتھ

سازہٕ چھی کاٮ۪ران ماٮ۪ج پچھے ہاٮ۪ران
داٮ۪رہٕ دیکی چھی ژراران داستے کرٕ

ہیٖرِ طوطہ کتھ کرِ یِمہٕ بولہِ ہاٗری
تارِ ژِرہٕ سیتیٖ توٗل ژٕندن ہار

لنگنس وٲرِ جکھ اوم ثرارہ ماسے
اُنِ دیتھ وٲج سیتھے زانکارن

ہی مأ لِ پھجی کھے دُوہ گنِہن مالن
پُشو وٲرِ جکھ پوشہ مالن سیتیٖ

گہنے کمی گوٗرنے واسدیو رازن
کرشنہ جو بیوِ ٹھے سوہنری وان

بلرام دپان بنیہ کُس والن
پُشوٗ وٲرِ جکھ مالن سیتیٖ

لالہِ پچھے لوٗت لوٗت قندہِ پھلی ژایان
کوتر جوٗر یاہ آلہِ وان چھس

یُزمن آیوہ مُردٲرکہ دٲری
دیوکی ٹھادٕی نس تاٗری سیے

راد ایہِ ژاوِی نس وُنتھو تم ساٗری
بوٗزہ ولن دٲرکہ دٲری سیے

پرٕ باتھ وُتھِت شہرٕ ناوُ سوٚرِی زے
سنگر مالن گاش ہیٚے آو
صُبحن وُتھِتھ سندھیا[1] کرِی زے
کاٗشہِ ہنٛز نندٕ یا[2] کرِی زنہٕ زانٛہہ

اٚنِکو پاٚٹھی من صاف کرِیو زے
کاٗشہِ ہنٛز نندِ یا کرِیو زنہٕ زانٛہہ

اَسہِ واٚتی کوٚسم وۄزلی تےٚ چھتی یے
تم ہٮ۪ٚنتھ پۄزہِ تس لاگاٚنی

کیٚنہہ چھِی گرِہ گرِہ کوٚسمن یِوان
وُنی تو کھہ کٔس کرِتھ نِوان چھُک
وِنہٕ چھک لوکٹ تےٚ گِنڈی گوٗری ہار
وُسِی گوٗری نبہٕ چھِن تارن سیتھ
ٲگن کمِ گوٚرنئے برٛہمنن تہٕ راہمن
ماہمن واٚچ نکھہ کوٚ چھے کیتھ

---

[1] صُبحن وُتھِتھ عبادت کرٕنٕچ اکھ طریقہ [2] بدگوٗیی ۔ بد زِد
وِنن دکاٗشہِ ہنٛدِ)

واسدیو رازٕن روہنہٕ منٛز وسے
دیوکی مأجہ روزِہ اَلِہٕ راوان

رُکمنہٕ ہیوت نٔے ببہٕ دوٚد دِیُونٔے
تام کورِہ مالِنز کرٛونٔے آو

دستارس چھَے کوٚستوٗری رَچھے
اَچھَن اندر رٕچھو زِہن

تٔیلہٕ نَنہٕ بِشمکھ رازٕنی بعہ چھے
ییٚلہٕ رٔچھ سانہٕ کورِہ کہ چھے کینٛہہ

کھینیٚز دِس کھنڈ کھأکی لال گنڈ بس مٔرچھے
اَچھَن اندر رٕچھی زِہن

ببہٕ سنزٕ کرخانہٕ ناجر ماجہ ہِنزٕ کرزوٗنی
وُنہٕ چھک وُچھان دارِہ پنجرس

دار مالِہ پونبر دارِہ کِنز والون
ہزار مالِہ ہی مال سَتشبہ لاوون

ہارکہٕ ہند وشدہ بارغچ میتھی یے
ویٚتھی یے ناو ہے ہزاران چھے

تھٕندرٕ کنہٕ گنگا سانہٕ کنہٕ ویتستا[1]
ییہے گرٕ ژٕے تٔس تھاوی زے

بشمکھ رازٕ رُود ہم ژٕے تٔس
اَمہٕ گرہٕ آہم مُرداری داری
دیوکی مائجی پارن[2] سپے تٔس
ییہے گرٕ ژٕے تٔس تھاوی زے

یُیتہٕ نبہٕ تارٕ سے تتہٕ سوہنرٕ کژوسنے
زیرٕ اکہٕ لون گو زوراوار

گوٗری دِژ مکھ یندرہ ہندٕس باغس
وُنہٕ سپجہے باغس پھلیا جان

دارہ پیٹھ بلبل بوزو ماہ رازو
رازہ کُمارہٕ چھی ساز کران
یُس موٗل تھٕندرین لال گوہارن
سئے موٗل سانے کورہٕ موسے

یام کورہ پوٗرم دارہٕ منزٕ وسئے
تام کورہ واٗرِوی کژوسئے آو

---

ؔ ویتھ (دریاے جہلم) ؔ بوزنہٕ خُمتھ استقبال کرُن۔ کھیٚرن پیٹھ کلہٕ ترٛاوُن

ہی مال سائنی خوشس پاٹھو بھاوی زین
گرہ گرہ بھاوی زہ بس وندہ کے پیر

وے سن ہنزی ویسی سعندا ازی
ولسہ چانہ دارہ تہ برہ سیی چھم

سعندہ سنزہ گنگجے ترٚیشس چھ رامو
اُسی فسائے تراودن شامن تام

سعندہ سنزہ گنگجے ترٚیشس جو چگرو
اُسرفسائے تراودن دگرس تام

ییتہ دژ کہ نگہ موند تتہ نو تچھو زے
گورہو رچھو زیچ نو کہ ہند مال

ترمین بوزن ہند سر لکھ گے جماہ
کورہ ہتمن تماہ تبرک زنتہ زانہہ

◉

